# سَتھ رَنگ

(شارِ سوٚمبرن)



تخلیق کار

ٹی این گنجو وِشواس

پتاہ : آکورٕ (مٹن)، اننت ناگ، کشمیر۔

حال : 111 گنیش وِہار، لوئر مُنٹھی، جموم۔

کِتابہِ ہُند ناو : سَتھ رَنگ

شاعِر : ٹی اہن گنجوٗ وِشواس

موضوٗع : شارٕ سوٗمبرَن

رسمِ خطٕچ دُرستی : پی اہن کول سائِل

کمپیوٗٹر ڈی ٹی پی : IILS D.T.P CENTER

رِنکوٗ کول # 94191-36369

چھاپَن وٕری : 2009ء

کُل تیداد : 500 ہتھ

مول : ١٠٠ روٗپیہٕ

پَبلِشر :

کِتاب میلنُک پتاہ :

۱۔ ٹی۔اہن۔گنجوٗ 'وِشواس'، مکان نمبر 111، گنیش وِہار، لوئر مُٹھی، جوٗم۔ فون نمبر 9419683570, 9622293767

۲۔ کیول شرما، پنڈت سٹور، گنیش وِہار، لوئر مُٹھی۔ جوٗم۔فون نمبر 9419173160

۳۔ سُنیل گنجوٗ، 14082اے کسٹمس کالونی، سکٹر 37، سی۔ چنڈھی گڑھ۔فون نمبر 0941-7425493

# اَرپَن



سَروَدھا سُمرنیہِ پَرَم پَدوی جَگت گوٚرُٛ ٹاٹھِ بَب

بھگوان گوٗپی ناتھ ہٕندٕ ہن

پمپوشہِ پادَن۔

۔ ٹی اہن گنجوٗ وِشواس

سَتھ رَنگ

## رَنگہٕ زاڈ تہٕ شارٕ باگنے


✍ ییٚلہِ چاوس پین پھٚے لگان : پڑتھوی ناتھ کول سایِلؔ 1

✍ نِویدَن : تریلوٗکی ناتھ گنجوٗ وِشواسؔ 12

1) آرادھنا 15

2) مہاگنیش تہٕ زگت گورَس زاڑی 17

3) کاشرِ آزاد نظمہٕ تہٕ بیٚیہٕ غزلہٕ نظمہٕ 20

4) سَداشِو تہٕ زگت زَننی 64

5) بھگوان کرٛشن تہٕ ماتا لِکھمی 77

6) زَگت گوٚرُ بھگوان گوٚپی ناتھ جی مہاراج 110

7) مائزِ راتھ 123

8) ہیٚندی بھاشایہِ منٛز گوٚرِ وَندنایہِ، غزلہٕ، نظمہٕ تہٕ لیلایہِ بیٚتر 128

9) ماتا للّی شوٚری ہٕندِ بَن کٕینٛہن واکھن ہُنٛد سہٕل پٕدی اَنواد تہِ وکھنے 142

# یٖیلہِ چاوٕس پیٚن چھےٚ لگان

یٖیلہِ چاوٕس پیٚن چھےٚ لگان، یٖیلہِ یٔژھایہِ وُتٕش چھُ لگان،
یٖیلہِ سازَن مِضراب چھُ لگان، یٖلہِ تارَن کھٔے چھےٚ وۄتھان، ہٚیٖلہِ چھےٚ
بیگٕرِ اےٚ شوٗدان تہٕ نٔوی سوز چھِ ووسہِ یِوان۔ وہژارَن زَن چھےٚ لولہٕ
بُراے لگان تہٕ سونتہٕ کاٹلی چھکھ پوشہِ پھُلے لگان۔ باسان چھُ زِ چاوٕس
چھُ باوہُر یوٗمُت۔ چاوُک ہُربر چھُ بڑوٚنہہ پکنچ ژینہٕ وَن دِوان۔ آشن
ہُنٛد اوٗہَر چھُ پڑزلون تہٕ تابناک باسان۔ تٔتھِس ماحولس منٛز چھےٚ
زِنٛدگی لبنہٕ یِوان تہٕ یہِ آشایہِ سوٚس اَنہار چھُ أکِس قلَم کارَس تہٕ
أدیبس قلمَس قووَتھ بخشان تہٕ تسُنٛد حوصلہٕ رَچھان۔ یِژھے ہٕش بأشاد

گیہِ مےٚ ٹی۔ این۔ گنجوٗ وِشواس ہنٛز زیرِ نظر شارٕ سوٗمبرن ''ستھ رنگ''
اَتھس کیتھ رٕٹتھ۔ تِکیاز یِہنٛز گوڑنچ شارٕ سوٗمبرن ''امرِتہٕ وَرشن''
أس نہٕ حال حالے وُچھتھ تہٕ پٔرتھ میانہِ ذیہنہٕ منٛز وُنہِ کینٛہہ وٕژھمٕژ۔
پٔزِ موکلاوِم بھگوان، مےٚ آیہٕ نہٕ وِشواس جیٖن وُژھ وُچھتھ پٔژھے۔

مےٚ ترٛوو پٔرتھ کینٛہہ أتی تھے تہٕ دِژِم اَتھِ مالہٕ سان تھچھ۔
یَتھ شارٕ سوٗمبرٕنہِ چھُ ناو سبٹھاہ بَرمحل۔ ستھ رنگ چھُ یِہنٛدِ خیالہٕ کِتابہٕ
ہنٛدی ستن حِصن ہنٛز باوتھ۔ یِمن ستن منٛز چھِ یِموٚ پننی خیالات غزلن،
نظمن، وٕژنن، آزان نظمن منٛز باوی مٕتۍ۔ اَمہِ تلہٕ چھُ نٔنۍ پأٹھۍ نَنان زِ
شأعِر چھُ پٔرتھ شارٕ زأژ منٛز طبع ازمأیی کران۔ وِشواس کتھ حدس تام
چھُ کامیاب پننہِ اَتھ کوٗششہِ منٛز تہٕ نتہٕ اوٚہُند کلام پٔرتھے۔ میانہِ خیالہٕ
چھُ وِشواس سبٹھاہ میٚحنت کران تہٕ شوق چھُس زِ یہٕ کرِہے ژرِ کھوتہٕ
ژوٗر کلام چھاپ۔ تِکیاز أمِس چھُ باسان زِ یہٕ چھُ اَتھ ماٛدانس منٛز
پَتھ ہیٚوٗ گوٚمت۔ یِہَے بےٚ تسلی چھےٚ أمِس رٕہدار گری ہنٛز دوٗرٕ
ترٛاوناوان تہٕ وُژٕ دَو کڈناوان۔

آزاد نظمہٕ لیکھنہٕ پتہٕ تہٕ چھُنہٕ یہٕ رِوٲیتی شأعری نِشہٕ پوٚت
پھیرتھ ہیکان۔ روٗحانی انداٛمن منٛز تہٕ چھُ واریاہ کوٗششہِ کران تہٕ
رنگہٕ رنگہٕ نوکتہٕ وٕژھناوان۔ شأعری ہنٛدٕ بن لوٗأزی ماتن ہنٛز زانکأری

حاصِل کرِنی آوی جارَن تہٕ زاوُلِہن زاوی جارَن سَنٛن چھُ کامیاب شاعِر بَننٕکی ہیر پاوٕ تہٕ پکن وَتہِ۔ وِشواسس چھُ پَننِس سونٛچس پیٹھ پکہٕ وِشواس۔ بَبہٕ بھگوانس پیٹھ چھس پزٕ یژھ تہٕ پژھ۔ اَنتھہ کرن چھس شود تہٕ نیٚژ منز چھس نہٕ کُنہِ رنگہٕ کھوچر۔ مُطالہٕ تہٕ چھس ٹھیکھ تہٕ سُہ چھس بوٚڈ وَصف۔ مےٚ چھےٚ پوٚرٕ پوٚر وومید زِ وِشواسؔ پراوِ پَننہِ پیٖہم عملہِ کِنی پَنُن مُقام تہٕ شوہرتھ۔ یِیمہِ کِتابہِ ہُند بشتر کلام چھُ واریاہ زاوِلی نوکتہٕ وو براوان تہٕ بےٚ پتاہ دِوان۔ یہِ تہِ چھےٚ اکھ کامیابی۔ اَمہٕ رَنگہٕ ہیکہِ یہِ شارٕ سومبرن کاشرِس شارٕ اَدبَس منز جان ہُر بر تہٕ بُرژر کُرِتھ پرَن والین ہیٚیہِ یہِ کِتاب سٮ۪ٹھاہ پسند۔ یَتھ کلامس نظر دِوان دِوان گرمےٚ واریاہَن شارَن ہنٛز ژاَرتہٕ یرادٕ کوٚرُم زِ یِم کرٕ بہٕ یَتھ پَننِس تبصرِس منز شامِل یُتھ زَن پرَن والین تہٕ یِمہٕ تخلیقہٕ پرٕنس مأل پھیرِ۔

وِشواسؔ چھُ اکھ مأری موٚنٛد تہٕ خوش پوٚن شخصا۔ سارِنے ہنٛدِس رژرس وومیدوار۔ پرٛتھ کانٛسہِ اتھہٕ روٚٹ کرنس تہٕ اکار بکار یِنٛس چھُنہٕ زانٛہہ پوٚت ہوان ییٚیہٕ نہٕ کایاں تہٕ نہٕ کشان۔ کتھو تولنہٕ کھوتہٕ چھُ اتھو کرنکِہ حقہٕ۔ اوصولس چھُ ہلہِ گنٛڈِتھ پوٚد پوٚد پکان۔ اُمی چھےٚ دُرس واٹنس جاکھنس جوٚرنس منز گزارہٕ۔ تِوٕ کِنی چھُ اُمس عمل تجربہ

حاصِل۔ یتھی ہوی موہنوِ چھِ سماجس شگ دِر ہِنز رأچھ کرن والی آسان۔ سماجکی ہیتہٕ کاری تہٕ برادری ہِندی غمغار آسان۔ اوٚہند مُشھی جار تہٕ سبزر پزر چھُ مےٚ سبٹھاہ خوش یوان۔ أمی ہنز حلیمی، نرمی تہٕ نمرتائی چھےٚ ہیچھنی لایق۔ اِدِ یمےٚ وصف کرن أمس سبٹھاہ مقبوٗل۔ پننس پرم گورس زار پار کران چھِ ونان:

چانی چھم ستھ کھبنہٕ مدتس ژےمےٚ ستھ پوشناوم
جل یم سنموکھ مہ سأ پزار ناوم مےٚ مہ سأ کرِ یشاوم

شانتی ناوچ آزاد نظمہٕ منز چھُ أکس جایہِ یتھ گنی ونان:

گس تامتھ نِشہٕ ژھبنہٕ ما گوٚمت
تی ما ژھاران،
سوے کتھ سوچتھ ہتی پوٚک سس
کأژاہ سختیہِ وہزاوِتھ وأنسا سوٚرم
اِدِ باسیوم تمی لب شانتی
پژووٗن قرار
تس سمکھ آدن یار......

قیامت ناوچ آزاد نظمہٕ منز چھُ أندس پیٹھ ونان:

وُنی کینہ آدم ہنز زریات

توبہٕ تقصیر۔ گرِ ہے

تَس ڈٕلی حبس

شَب چھُ جُمہک

جَواب چھُے دیون

اے ہوشہِ ڈٕلی ہتہِ مَنوشہِ۔ اَز تھاو یاد

سُہ دوہ، سو گر، سُہ ژیٛوٚہ......قیامت

أکِس غزلہِ منز چھِ یتھ کٕنی باوان:

أِلف تےَ واو، بمیہِ رَلاوُس میم ژٕے

ترٛیے حَرف تھاو یاد یوٚد زیٛنُن ژٕے ذِے

آبہِ روٗستےٚ گاڈ نتہٕ بُٹھِس پیٹھ فرٛٹہٕ مَرکھ

سَن کِتابے مو پھِرُس خاٰلی وَرق

☆

چشمہٕ بادام زُلف شہمار یارٕ سُند انہار چھُم

ہاوِ دیدار تَس پیا عار، سُے مےٚ للہٕ وُن نار چھُم

☆

أکھ مُچھ تہِ اَگر نارٕ دَزِ، پرٛوانہٕ وَنَس ما

یوٚد ساسہِ بُدی کاتھہ سازگرِ جانانہٕ وَنَس ما

ڈٕہر واے مہ کر گُزراو یہِ راتھ، جانانہٕ مہ برغم
راتس کران گردِش چھِہ نو اَسمان مہ برغم

☆

سفرس اندر ژاکھ ییلہِ ژٕ زاکھ زٕتھ روز
سہہٕ خوے رٕٹتھ زِنٛدٕ روز، رِنٛدانہٕ مہ برغم

☆

وُچھم کوٚستوٗر بولن شرٛاوٕنس منٛز
یُمبرٕ زل موردٕ ڈیٛنٛٹھم یاوٕنس منٛز

☆

وُچھم سمسار بزم تےٚ بأزی گاراہ
زبوان بلہٕ وپر نیران نابہٕ کاراہ

☆

موٚلے اَصلک مولُل بےٚ شک، وٕنُن آسان یمن بنُن مُشکل
ہیچھنٕی ژھانٛٹھ اَدٕ وٕسن سٕدرس، خبر تتہِ تار بنِیا وٕنم
بُتریأژ ہنٛدی رنگ ناوٕ تخلیقہٕ ہنٛدی یم ژٕ شار وُچھوٚکھ:

اَکھ بیٚأٹی پھوٚلاہ انبرن ووپداوان
اَکھ ہِری یہِ ژٕژاہ پھوٚلرراوان پوش

اَکھ واہِ گوٚلاہ چھُکھ اَسہٕ ناوان
بُتراتھ وَنان یم میٲنی رَنگ

☆

شُمشانَس پٮ۪ٹھ وُچھ نارٕ بوٚ ناہ، گَس تامَتھ گوٚمُت اُدی سوٚر
سَرتاب چھُ دزٲمُت گَس تامتھ، بُتراتھ وَنان یم میٲنی رَنگ

ربوٲیتی آکِھ غزٕل چھِ یِہنٛدٕی مٲری مُنٛدی کیٛنٛہہ شار:

روزِ شمع مَس تَمہِ کُے غم | دزِ پوٚنپوٚر شمٕہس گتہٕ ہٲے
تَس پتہٕ ہٲے گوم لوکہٕ چار | سوتہِ اٰخر شمع تَس پتہٕ ہٲے

☆

تَس پتہٕ ہٲے گوم لوکچار | سنگدِل کتہِ بٮ۪وٚٹھ چھُم مے زبتہٕ ہٲے
تَس پتہٕ ہٲے گوم لوکچار | مولہٕ روٚستُے مولہٕ وُم مےٚ تہِ ہٲے

☆

پھولان چھِی پوٚش کُنہِ ہَر دَس | یہِ کُمی وؠن سونٛت کٲلی یوت
توَے پھوٚ کرُ وُٹھ فرہادَس | صبرٕ شیرین موٚ دُر مُدربر

☆

تھرِ پٮ۪ٹھ گنٛڈ بونِس بوسہٕ دِیُت | پٮ۪یہِ ہرِتھ لوٚہٕش ببرٕ
مخملس تَس خاصہ گوٚ | گُل رِوان روٚدی ژھایہِ ژھایے

کتہِ رۄد کھٹِتھ سہٕ مۄت میۄن دیوانہٕ توٚت بہٕ لارس
تنہٕ دِل گوٚمت پریشان یَنہٕ لوٚگ وُژنش اَمارس

☆

چھُ پھولہِ وُن پوش باغ اَکہِ وِزِ ژواپور
توٚے وِشواس ترٛییس شیٛہجار میلیم

☆

بۆرتھ چشمہٕ پیالَن تھوان کیاہ ژ پیہم
یہٕ چھا موے کِنہٕ چھکھ بۆرتھ آبِ زمزم
ڈلان ہوش ءکتھن سہٕ چھتھ پانہٕ ڈیٛوٹھُم
توَے کِنۍ چوان چھُس دوہَے جام چوٚنے

☆

لامہٕ زُلف رامہٕ ژندرس مَنہٕ مَندرس چھُم مےٚ سۄے
دامہٕ دود چاوان روزَس بالہٕ یارس چھُم اَمار

☆

یِمَن دہوتاہَن ہنٛز توتاہِن منٛز تہِ رٕتی شار۔ مِثالے:
مَنس چھُم کل گنیش کرہٕ بہٕ ڈیٛشُن جٹا دأری مُرأری کتہِ چھُ آسن
بُستھ مَنہٕ مَندرہے منٛز ماچھُ خاصن جٹا دأری مُرأری کتہِ چھُ آسن

تھٲگ٘ہ متیٚ أسی چھٕی زٕنم دأرۍ دأری تھٲگ٘ہ تھٲگ٘ہ وٕنی توَے آیی یور

اَتہِ گتہٕ چی اَسہِ موکلاو دأری    گوش تھاو تےَ سانہِ زأری یآے

☆

مٕشرٲمُت ہٕشر زٕدٕ ہے    گُمتیٚ پرٕگأل بدٕنسہے

وَتے چھُس رووُمت مأج بےٚ    بُنم رٕہبر ژٕ سوٗہم سوٗ

☆

ڈٕکھٕ دید مأج میأنی ، ڈٕکھٕ بُڈ شکتی    چھَم چأنی بُھتی مےٚ درشُن ہاو

سنموکھ یم مأج کاسَتم سختی    چھَم چأنی بُھتی مےٚ درشُن ہاو

☆

روٗ لیکھنگ رہوأیتی آے چھُ یتھٕ کُنی:

سُمرِ وِگنو کرَو آرَے    دوہ تارَے روٗ و کرَو

یہِ چھُ دُنیاہ بأزی گارَے    دوہ تارَے روٗ و کرَو

کرٕشنہٕ لیلایہِ منٛز:

پوٗزایہِ لاگوس جان پٔژن    کتنَس چھُ اَسہِ گرٕھِ تی نٔن

وَرشُن کروس پوشوٕ ہے ستی    کرٕشنَس دِمَو وُنی بَنہِ گی

☆

مَنہِ منز تھٲوِتھ سہ موٚنہِ پھوٚل — للہٕ وُن ژٕ پانہٕ ویٚسہِ ہٲے
جِگرُک مَندر سجٲوِتھ — پوٗزا چھِ چانی ویٚسہِ یٲے

شرِ دامَس وبنتھ کران چھِ وَنان:

نبتھ پزٕ بھاتن واو گرشہ وَن — گِنشیامَس میوٗن پزٕ نام
لچھِ ناوِس موٚکھِ دامَس — شرِ رامس میوٗن پزٕ نام

☆

ہَرِ شِوٕ شنکر مَنہِ پرناوتم — سنموکھ باوتَم امر ہتہٕ کتھ
چھکھ سہتھ شکتی یتہِ وبزھناوتم — سنموکھ باوتَم امر ہتہٕ کتھ

☆

شِوٕ ناتھس بھگوانس — وَر دانَس پزٕ ارس
آنند کنٛدِ یزدانَس — وَر دانَس پزٕ ارس

☆

چانہِ مایہِ یلہِ چھی دارِ تے بَر — ماتا لِکھمی سوٗن گرِ تر
ماتا پننۓ انوٕ گرٕ یہہ کر — ماتا لِکھمی سوٗن گرِ تر

☆

۱ ناتھ جیَس زاری کران چھُ لیکھان:

۔الان روٗدُکھ — کھیاوان روٗدُکھ بو چھِ ہتنے

بَگھتن رُو دُکھ دوکھ دأدی ہَرا۔نے بھگوان گوٗپی ناتھ ژےٚ ڈنڈوَت پرٛنام

☆

بہِ لگٕیو مستانہٕ چالے ینہٕ بالے مُشراوِ ہَم
پأری لگٕیو اَسہِ رچھن والے ینہٕ بالے مُشراوِ ہَم

☆

اُردوٗ شارَ ومنٛز ته اکھ زٕ مِثالہٕ تتھٕ پأٹھی:
مُجھے گورو دیو کو پانا ہے اُسی میں مَن لگانا ہے
میرا گورو دیو خزانہ ہے اُسی میں مَن لگانا ہے

☆

سکون مِلتا مُجھے ہے جب تیری پوجا میں کرتا ہوں
تو جا کر من کے مندر میں تُجھے کھوجا میں کرتا ہوں

مےٚ چھُ باسان یم شار پرٛی پرٛی ییٚہِ توٚہہِ ضروٗر یہِ ساٗرے کِتاب پرَنس ، یم لولہٕ شار گنگراونس تہٕ بیٚیہِ گیوٚنس مزٕ۔ کوٗشِش چھےٚ پرتھ لحاظٕ موٗلوٗنی لایق۔ وِشواس روٗزِن وأنسن زِنٛدٕ تہٕ وِشواس روٗزِن ہَزٕ ٹُلان۔ جے بھگوان جی کی۔

تہنٛد رُت کانچھن وول
پرٛتھوی ناتھ کول سایِلؔ

# نِویدَن

پَنٕنس پَرمہٕ گوٗرٕ دیو زَگت گوٗروٗ بھگوان گوٗپی ناتھ ٹاٹھِ بَبہٕ
ہنٛزِ یَژھایہٕ تہٕ ماجہِ شاردایہٕ ہنٛزِ اَپار کرٛپایہٕ سٟتؠ چھُس بہٕ پَنٕنؠ دوٗیِم شارٕ
سوٗمبرن ''دَستھ رَنگ'' ناوٕ چھاپ کٔرِتھ پَنٕنؠن پَرن والؠن ہنٛدِس شوٗدِس
بھاوَس اَرپَن کران۔ یہِ کِتاب چھاپنُک شرٛیے تہٕ چھُ تِتھے سٟتؠ بَرابر
میٲنس پَرمہٕ آدَرنی، مہاکوی، صحٲفی تہٕ أدیب پرٛتھوی ناتھ کول سایِلؔ
صأبَس یِتھٕ سٟتؠ تِمَو میانہِ گوڈنٕچ شارٕ سوٗمبَرن ''امرِتھ ورشُن'' چھاپنہٕ وِزِ
اوس۔ تِمو چھُ مےٚ گوڈنٕچ کِتاب تیار کرنہٕ وِزِ مےٚ دوٗیِمہِ کِتابہٕ ہنٛدِ
چھاپنُک سنٛز کرنُک آشِرواد دیُت مُت۔ اَدِ تِمی آشِرواد سٟتؠ بڈٕ بو مےٚ

یہِ دۄیم سۄمبرن بازر کڈنک حوصلہٕ۔ تم چھِ پرٛی رُت کانٛچھن والی۔ تہند چھس یہ سبٹھاہ شُکُر گذارتہٕ مےٚ چھُ باسان تہند بوٗد ڈوٗکھ۔ مےٚ منس منٛز تہندِ خاطرٕ سبٹھاہ یزتھ تہٕ مان۔

مےٚ چھےٚ یتھ کتھِ پتھ پوٚر پوٚر یژھ تہٕ پژھ زِ اکھ لِکھاری چھُ بھگوان سٕنٛزِ کرٛپایہِ تہٕ ماتا سَرسوٗتی ہٕنٛز دیایہِ کِنی لیکھتھ کرِتھ ہیٚکان۔ پوٚز سُدرٕ منٛز اَچھرن ہنٛدی منکہِ ژھانڈٕنی تہٕ پتہٕ پنٛنہِ پنٛنہِ جایہِ پنٛنہِ جایَن جرٕنی چھےٚ لِکھاری سٕنٛز کام۔ تکیازِ پُشی زانہِ پوٚشن ہنٛز قدٕر۔ یمے حرف تہٕ اَچھر چھِ پرٛتھ رژنایہِ منٛز ورتاوٕنی آسان۔ بھاشا چھےٚ حرفن اَچھرن تہٕ شبدن پیٚٹھےٚ دٔرِتھ آسان۔ عبارتھ بناوٕنی چھےٚ برابر تژٕھے یژھ اکھ عمارت بناوٕنی چھےٚ۔ یتھ پاٹھی عمارژ خاطرٕ سبھ، سیمٹ، شیٖشر بیٚترِ سۄمبراوٕنی چھِ ضروٗری تہٕ تہنٛزی آڈرنہِ ستی چھِ نانا پرٛکاری محل تأمیر سپدان۔ تتھے پاٹھی چھِ ساُدرٕ وار بھاوَن، اوٗلِن تہٕ زاوٗلِن نوکتن ہنٛز شیرِ پارِ ستی دِلچسپ تہٕ پرٛیٚیہِ وٕنہٕ رژنایہِ رٕچھ لبان۔ شبدٕ تہٕ لفظ چھِ ہوی اماپوٚز ورتاون آے چھُ بیوٗن بیوٗن۔ تی چھُ نثرس تہٕ تی نظمس اتھ نوٕ نوِ شکلہٕ دِنہٕ تہٕ شُبراوُن گیہِ فنکارٕ سٕنٛز فنی صلاحیت۔ تہٕ کاری گرٕ سٕنٛز کاری گری تہٕ ووستادِل۔ بھاو تہٕ منہٕ بھاوتھ چھےٚ پرٛتھ شخصس پنٛنی پنٛنی۔ ییتی شاعر چھِ تیتی چھِ پنٛنہِ آکرٕ

# گوڈٕ رَنگ


| نمبرٕ شُمار | رژنایہٕ | صَفہٕ نمبر |
| --- | --- | --- |
| 1- | آرادَھنا | 15 |
| 2- | مہا گنیشَس نمن | 17 |
| 3- | پرٕمہٕ گورَس زارٕ پار | 18 |

شار، یِیڑ رَژناےِ چھِ تِم چھِ رَژناکارَن ہٕنٛدی شاہکار۔

میٲنۍ یِم رَنگہٕ رَنگہٕ وُنۍ مَتۍ شار چھِ پَرَن والیٚن رَژ میٲنۍ نُو ڈٲلۍ۔ ووٚمید چھَم یِم پُرتھ سوٗزوِ مےٚ ہٕنٛزٕ رٕتۍ مَشوٗرٕ۔ اوم شَم۔

ٹی۔ این۔ گنجوٗ وِشواس

☆☆☆

# آرادھنا

اومکار ژ چھکھ ستھ رنگہٕ میوٗن     رنگہٕ ناوتم نیشناوتَم
سنموکھ تِتھٕن درشن دِتم     ہر موکھہٕ ہرِ ہرِ پرناوتم
گاٹلی چھنا آٹمتی سبٹھاہ     پوٗز میاٗنی بوز تم وید چھما
ہن ہن بہ گوٗلمت اَندرِ چھس     جیوٗتی بکھتی ہنز پرٕزلاوتَم
ہیوٗک کمی کرِتھ ورنن بجر     ونہِ چون تھزر کس چھ سامرتھ
عرشوفرش ویا پک ژ چھکھ     تارا منڈل چمکاوتَم
گون چاٗنی گوٗنی ماچھ سہل     گیوٗی کُس کس چھ تیوٗت گاٹہٕ جار
نرگون تہٕ گُناتیت ژ چھکھ     برٕژر رگوٗنن کرناوتَم
اَنہٕ رینہٕ ہندی پاٹھی چھس پکان مدٕہسی کران لتہٕ موٗنڈ مے چھم
ییتہِ کارِ موہہ زالہِ بند بہ چھس     نارِ بود دوٗ دُس شیہلاوتَم
آتما ساری ییتہِ چھہِ چاٗنی     پرماتما ژ بہ چھکھ ماج ساٗنی
اوم شبد منتر چھکھ مہان     کھنہٕ کھنہٕ اوٗ ہے سورناوتَم
اوٗمہٕ کس سوٗروٗپس چاٗنی ہے     پوٗنیر بنتھ گتھ ژیےٗ کرے
ویکوٗنٹھ چھہِ چاٗنی کتی ناگہ راد     شرٕاناہ تتے کرٕناوتم

آمُت چھُکھ وۄیا پک ژٕ چھُکھ ریٚشۍ وارِ منٛز زامُت ژٕ چھُکھ

باوَس ژٕ بوٗچھِ ہۄت بھگوان ٹاٹھِ بَب بھاؤک بَجر وہٕژھناوتم

لَے چھَم مےٚ چاپٲنۍ ژٕ ے چھَہم ووۄنٛدس ہاوَے تہٕ کتہِ مےٚ چھَم ہمتھ

بُرۍ بُرۍ ژےٚ اَمر ہتہٕ کوٗنٛڈ سبٕھاہ ترٛیشا تَتے مےٚ تہِ چاوتَم

بھگوان بَب ژٕیےٚ چھِی وَنان کھنٕہ ماترس چھُکھ موٗکھرٕ دِوان

وَل وَل کران بُھگتن مہرِ ووۄنٛدٕ سے مےٚ گُل پھۄلراوتَم

وِشواسؔ گنان کُنہِ بُھگتی ستیٚ بُھگتی ستیٚ دِم گیان دیان

چھُم کُن خَواس سَنموکھ ژٕ پیتھ جگرٕکۍ زَخم بلراوتَم

اومکار ژٕ چھُکھ سَتھ رَنگہٕ میوٗن رَنگہٕ ناوتَم، نیٚشناوتَم

سَنموکھ یِتھن دَرشُن دِتَم

ہَر موکھ ہَرٕ ہَرٕ پَرناوتَم

☆

# مہا گنیشہِ گرٕ موکھ بۄی نے جَے

آدِ دیۄ پادِ کملن نمے ژیۓ　　مہا گنیشہِ گرٕ موکھ بۄی نَے جَے
کھنہٕ کھنہٕ سدٕ تَس روٗزی زم میۓ　　مہا گنیشہِ گرٕ موکھ بۄی نَے جَے
ناو چون شۆبہِ دار کوتاہ مہان　　گوری شنکرٕ سُنٛد ژٕ سنتان
رِدھی سِدھی آدین ژیۓ　　مہا گنیشہِ گرٕ موکھ بۄی نَے جَے
موٗشُک واہَن چھے ژےٚ آسوٗن　　بَکھتن چھُکھ ژٕ ویٲز کاسہٕ وُن
پرٕتھ کُنہِ کارَس گوڑٕ پوٗز چھَے　　مہا گنیشہِ گرٕ موکھ بۄی نَے جَے
تھانہٕ چاٲنِ سدٕ پٹھ تہٕ اَستھاپَن　　چھِی یِوان بَگھتی زَن کران پوٗزن
دیوتاہ وٲتان کَس تھَوان پیٚ　　مہا گنیشہِ گرٕ موکھ بۄی نَے جَے
گاران بَکھتی ژےٚ چھِہ پھُٹمتی دِل　　آدِ دیۄ چھُکھ کران حلِ مُشکل
دَزٕ وِنس نارَس بنن گُلزارٕ نیٚ　　مہا گنیشہِ گرٕ موکھ بۄی نَے جَے
تَس نہٕ پَرواے یَس ژٕ چھُکھ میہربان　　بے جان پان تام بنان باجان
ہو کھِمتِن وٕتھرَن پھیران سَبزار پیٚ　　مہا گنیشہِ گرٕ موکھ بۄی نَے جَے
وِشواسہٕ سان یُس چھُ ژیۓ پوٗزان　　ساریۓ سِدی تَنٛدِی گرِ روزان
شِو ہتھ شکتی چھُس دِوان زَے
مہا گنیشہِ گرٕ موکھ بۄی نَے جَے

☆

# پرمہٕ گوٗرس زارِ پار

کھنہٕ کھنہٕ چھم چاےٚنی ستی مدٕتس
پٔنٕنی ستی مےٚ ژٕرے پوشِناوٗم
جَل یم سنموکھ مہ پزارِ ناوٗم
مےٚ مہ سأے کرٕ یشِناوٗم

پمپوشہِ پادن چاےٚنی شرٕ ونہِ کھرٕاوے
وَتہٕ نےٚ بہٕ ہا چُشمہٕ وَتھراوے
اَشہِ وانہِ پاد چھلے غم غوصہٕ ترٕاوٗم
مےٚ مہ سأے کرٕ یشِناوٗم

مَل ملہِ دستارس وٕندے جان
نوٗرانہٕ نوٗرس کرٕے گونہٕ گان
مَس ملرِ چشمو مَس مےٚ چاوٗم
مےٚ مہ سأے کرٕ یشِناوٗم

ٹاٹھِ بہٕ میانہِ زٕنگس چھُکھ گور
ٹاٹھی چھِی گوٗرٕ گیتایہِ منترٕ

چھُم تَماہ تِمَے مےٗ تہٕ پرٕناوُم

مےٗ مہٕ سأ کرٛیشناوُم

واسک ناگ چھے نارِ وَن نالی

ویاپک جایہِ جایہِ زرٕ چھٕنہٕ خالی

کونگہٕ ٹیکہٕ ستی مےٗ ڈیکہٕ شوٗبہٕ راوُم

مےٗ مہٕ سأ کرٛیشناوُم

ییٚلہِ ییٚلہِ وطنس پیوٚ ظُلمگار

لڑنے دڑاکھ بَنتھ سِپہہ سالار

لار گرِتھ شترن بھیہِ موکلاوُم

مےٗ مہٕ سأ کرٛیشناوُم

وِیشواسہٕ سان یوان ڈالہِ ہتھ چھی

آشیش لُبی لُبی نیران چھی

مےٗ تہٕ بوز زار تھدِ شانہٕ تھاوُم

مےٗ مہٕ سأ کرٛیشناوُم

پنٕنی ستھ مےٗ ژرے پوشہِ ناوُم

مےٗ مہٕ سأ کرٛیشناوُم

☆

## دوٗیم رَنٛگ

26


| نمبر شُمار | آزاد نظمہٕ | صَفہٕ نمبر |
| --- | --- | --- |
| -1 | شانتی | 20 |
| -2 | قیامت | 23 |
| -3 | یہٕ پھٹے مایا | 25 |
| -4 | سأنی ماج کٔشیر | 27 |
| -5 | موصوٗم حُسین | 30 |
| -6 | اَکھ لاش | 33 |

(آزاد نظم)

# شانٔتی

کوہہ تیشٕالِٕن بوسہٕ دِوان
شور شور کرُون تیزی سان
پَکان پکان زَن چھس اِہدِ پتہٕ
پوٚت ما چھُس نظرٕے پھیران
کُنہِ چھا ٹھٕہران اَما ژھاران ،کیاہ سَنا چھُ
کٔمی پرٕژھنَس
حأرأنی بَس أتی نِے سَپدان
وأرانن تام زُو بخشان
کمہِ رٕژٕ کامہِ اَنان انجام
یَتھ بُترأ ژسون وو پداوان
کھیٚاوان تہٕ چاوان
ٹھٕہرانِے ما کُنہِ
ژھاران کیٚاہتام

ویرن تامَتھ لُر وِتھ نیران

کُنہِ چھا ٹھہران

پکہٕ دُن رُکنَس تَس چھا وار

چھٕنٛدریُومُت ہیُو

تٕنٛبلیُومُت ہیُو ماٸصم شُرزَن

یَس زَن آسان روومُت قرار

تی ماسَنایہِ چھُ ژھارٕنہِ دژامُت

کَس تامَتھ نِشہِ ژھہنہٕ ماہ گومُت

تہٕ تُسر ماہ چھےٚ ژھاران

سوے کتھ سوٗنچِتھ ستی پوٗک سَس

کأژاہ سختی وَتہِ وترأوِم

وأنسا سوٕرِم۔

اَدِ باسیوم تُمی لُب شأنٛتی

پژ دوُن قرار۔

تَس سمکھ اَدِ آدن یار

سوٗن سمندر یَتھ ملر ووتھان، لہٕر ووتھان

پوٗنی امیُک کیاہ ژھٹہٕ چھےٚ ماران

ژٲتھۍ منٛز پھۄٹ، تَتہِ دژاوا نۄن

میٚے ژھانٛجوم، دِژٲ مَس وٕنۍ۔

آلو دِتٕی مَس۔

تامَتھ آکاش وٲنۍ بۄزِم

گژھ سأ کتھ گوکھ روٹہٕ ژٕ نٕکتے

یَس نِش بہٕ اوسُس تَنہٕ ژھۄنہٕ گۄمُت

تٔسی ستی سَپدُم اَبدی مِیُٔل۔

ژٕ تہِ گژھ ویٚشواسہٕ پھیر پۄت پانَس

سُے ژھارُن

یَس نِشہِ سَپدُکھ زٕہنہٕ گری دۄر

سُے ییٚلہِ میلی، سُے ییٚلہِ لبہٕ ہَن

اَدِ پرٛاوکھ شانٛتی۔

☆

(آزاد نظم)

# قیامَت

گٹہٕ زۄل

واو طۄفان

کاینا تُک روٗح چھلہٕ چھانگرِ

نٹہِ منٛز ستھ سمسار

آکاش پاتال باکہٕ ژھٹان

شِنٛز ہیچہٕ لولہِ منٛز کُل کائینات

تہٕ تمچے کرٕ کہٕ گُمبنٛد گرٕ زِتھ

بَس اَکھ ہاہاکار

ئدرٕکی مَلر وَچھ ژٕٹتھ بُتراَژ

اَخرٕ تچ ماے بَران تہٕ

اۄش ہاران

اِنسان ہنٛدی کرٕتوٗت

نیوٗکلِیر بَم تہٕ ناش کرَن وٲلی ہتھیار

پننی جایہِ بے کار

کارنۍ پشیمان

سیکہِ شاٹھکی زرِ زرِ شُنہچہِ کوچھِ منز گتہِ گیرِس

وُنی کُنہ آدم ہنز زریات

توبہِ تقصیر کری ہے تَس ڈلی حبس

شَب چھُ جُمہک

جَواب پھُے دینُ

اَے ہوشہِ ڈلی ہتہِ منوشہِ

اَز تھاو یاد

سُہ دوہ

سوگر

سُہ ژُیہہ

"قیامت"

☆

(آزاد نظم)

# یہِ چھےٚ مایا

ساتہٕ حسَن

وِزِ گُنی پڑ زلاوان

آکاش پاتال نۄرے نۄر

وَرگس آہٕتی

زَن چھنٛدریمتی

وُڈۄنی آکاشی جل کوٚستۄری

نَبہٕ گگرایوٚ ستی ترٛ ہریوُمت

بوٗنہٕ لرزیمژ چھےٚ بُترات

ہُتہِ نَس گُستام اۆش اوس ہاران

یێتہِ نَس گُستام دژاہژ ڈۄلی

ہتھ مَنہِ کامَن گرِ اوس دژامُت

مَنٛز وَتہِ شُمشان

کوٚرنَس سۄر

تژ اھہِ مام۔ تژ اھہِ مام

سمسار اَپزُ ے

زَن وَنہٕ ناوان ڈولہِ قہار

''رام نام سَتیٔہ ہے''

ییٚہِ گو ساتھا اَسن کھۄنگالاہ

پَتھ گو پتھ گُن

رَتھ چَھنہٕ باپَتھ

خۄنخار ہہٕ زَن

آدَم رَتہٕ ہے زاگان آدَم

''یہِ چھےٚ مایاہ''

وأراگ، تیاگ کتہِ لبہِ پوچھر!

ییٚلہِ مَن پھیران

وأران۔ وأران

حأران۔حأران

☆

# سأنۍ مأج کٔشیر

اۆ بَرن وولُمت نال نبَس اوس
گگرایَو ہِستی ژٔ ہریٚومُت
بُنلِ یَٹو بُترات لرزیمژ
سَنگرن پھۄلُمت روٗیَس سۄر
گٔھوچِھ پیٹھ پَر کھأوِتھ سون ییٚلہِ
مُلہٕ تلہٕ سَر تَل دژاو
بہٕ تہِ کأنٛہہ پیٚوس
لرزِتھ خیالَو چیرٕ گُرٕم تھَچھ اَدبَس
سَنٛبلِتھ وۄن ہم رأچھ کرُس
یُژ لول برَس
مہ مَنٛدٕ چھاوناو
مَشرِق ہیٚے مَنٛز آفتاب زاو
ہأرِتھ تھٔکۍ ژھاران آمُت
ووتُمت دَر مشرِق

یم تھنہٕ پیٚمتۍ دَر مغرِب

آگر شانٛتی ہُنٛد پَر کھاوِتھ

رۄحانی یتھۍ پیکر ثابِت

دَر مشرق سانۍ ماج

للیشوٗرۍ، شیخ نورالدیٖن نوٗرانۍ

یِیتۍ تھنہٕ پیٚمتۍ۔

یِیتۍ تھنہٕ پیوٚمُت شیرِ کشمیر، شیخ محمد عبداللہ

نارن پَر کھاوٕمژ یِیتہِ لل دیدٕ، پَد ماوٗتۍ

آروگرٕز ناوٕمژ یِیتۍ زوٗن، حبہٕ خوتوٗن

میشا ریشی، بھگوان گوپہٕ بَب

کرٕشنہٕ جوٗ رازدان تہٕ پَر مانند

الکھیشوٗری روپیہِ بھوانۍ

زانہِ دیٖن وٗلی، زَنک ریوٗش

تہٕ بیٚیہِ شُمارٕ رٕسی سَنت، سادھ فقیر

کم صوٗفی یِیتۍ زامتۍ چھِی

یِیتۍ چھِ دژامتۍ لال جواہر بیٚیہِ موتی

یِیتۍ چھے وُچھمژ گاندھی جی نے

شأنتی تےَ مِلہٕ ژارِچ زٕژ
تتھی کر رأچھ
ماے موحبتھ مَشرِقین ہٕنز ٹاٹھ وراثت
تتھی بَر وِزِ وِزِ لول تےَ ماے
مَغرِبیَن والین پوٗشن مغرِب
پوٗشن تِمنے پنُن تمدُن
سبزر پزر بیٚہِ ماے محبتھ مَشرِقین ہٕنز ٹاٹھ وراثت
بیٚہِ موُلُل میراث
حُبہٕ اُتھی زُو وَند۔ رٕژراہ کانچھُن
چیر رٔتُن یہِ چھُ سون گُندن
گلہِ گلہِ یہِ چاوی مأج یہِ شیر
مأج یہِ آسوٗنی ہیٚندِس مُسلمانس
کأشرِس پرٛتھ اِنسانَس یہِ مأج
یہَے مُرٛج، مأج یہَے دوٚد مأج
یہَے مأج۔ یہَے ساٗنۍ مأج کٔشیٖر۔

☆

# موصوٗم حسیٗن

ہوٗرن منٛز وُچھم انہار
گُلن ہنٛدِ خالہِ خطہِ
ہنا ٹھہرِتھ تہٕ سنٛبلِتھ
کرٕکھ مےٚ لأیم
گرٕزہو گُنٛبد تہٕ سوے کرٕکھ آیہِ واپَس
بہٕ کأنٛہپوٚس
آلوٗس ما آو کانٛہہ جواباہ
سَوالے اوس تہٕ سَوالے آو واپس
جَوابَس کیاہ وَنَس
سونٛچوم وَنَس وَنٛی تی جَوابا
دِلچہِ دُبرایہِ تیٖزن ہیٚوٗت
خَنٛجرٕ پرٕتھ پیٚوس وَہی ژٕجس کرٕکھ
دَگ وٕژھ تہٕ ترٕہریٚو وسخ
یہِ سنٛبلِتھ ییہٕ سنٛبلیوم

مَنس ہأنکل کُرتھ رَژِ کھٔنڈی مےٚ پُرژھمس
تہٕ چشمو پانہٕ سےٚ مَنز آنہٕ خانس
وُچھم کم حوٗر، کم گلزار تہٕ سَبزار
مَنچہِ منقلہِ وُچھم وُہوٗن شہُل نار
طوٗفانٕچ ریٚہہ پرٛکاش
سانہٕ بُدی سِری یہِ پرٛزلان
ترٛٹمہِ کُے شُشِتھ باسیوٚم سکوٗن پوٗر
شٔہج اُس ریٚہہ ژواپور پرٛزلوٗن نوٗر
پھولان اُتھی مَنز وُچھم گلہِ ٹوٗری تہٕ پمپوش
شہُل شٔیہجار ڈلُک بخشان نوٚوے ہوش
ہمالُک تھوٚنگ مےٚ باسیوٚم سبز شاداب
پرٛزلوٗن روے اَندر باسیوٚم آفتاب
ہنا ژٕٹتھ ڈٔج وُچھم سُے پرٛون عالم
جَنگُل ہہہ آدَمس زاگان آدم
یمَن مَنز کیٚنہہ وُچھم مَسنَد نشِین جان
پھیران آسان چوان زَن شاہ سُلطان
بَرن تل ترٛیشہِ ہُتی بوچھِ ہُتھی دِوان چانٛٹھی

وُچھان زَن آرٕ کرٕو چشمو ءکتی پڑاران

مےٚ باسِوُ کٔنہِ یِزٕیِدَن مارٕ کرِ ہتی ءکتی اَزتام

تہٕ موصوٗم حسیٚن تِمنٕے منٛز چھُ عیان

موصوٗم حسیٚن! ہاے موصوٗم حسیٚن!!

☆

# اَکھ لاش

صَبرٕ لبریز تَبرٕ تیز دار وَتیچ
جبرٕ کُرۍ کُرۍ چھِ جأبر کھوژٕ ناوَن
خبر کمہِ بژأنژ أسۍ اِستادٕ روٗزِتھ
نَنِتَے روٗح تام دژ اُمت آکہِ منزٕ زَن
رِوان گو اوٗش چھُ ہاران از گلستان
گمتی بُلبُل چھِ کُلۍ بوٗٹہٕ کاو بولان
نَین نالن چھِ از ہٕنٛدرۍمتن دِل
چھُ سِرۍیَس نال وولُمت کالہٕ اوٗبَرن
پیٚمژن مَسوَل ہُرِتھ زَن ہَرٕ داوَے
چھیٚ پُرِیَن تام زَردی نال وۄنُمت
مُرِتھ اِنسانٛیت اِنصاف گوٚلُمت
کفَن دوزَو گوپھَن منز جاے رُٹمژ
ژُلِتھ شانٛتی گمژ کوٚت تام کھٕٹِتھ وَن
خبر جنیات رکٕی زاتھ کیٛاہ چھِ ژھارَن
فقط اَکھ لاش
بَس اَکھ لاس پھیران
☆

# ترٛیم رنٛگ


| نمبرٕ شُمار | کاشِر غزلہٕ تہٕ نظمہٕ | صَفہٕ نمبر |
|---|---|---|
| 1- | بَن ژٕ وأصِل | 34 |
| 2- | چیٚشمہٕ بادام | 36 |
| 3- | اَکھ مچھ تہٕ اگر | 38 |
| 4- | وَہر واے مہٕ کر | 39 |
| 5- | وُچھُم کوٚستوٗر بولن | 40 |
| 6- | ضَرب جِگرُک بہٕ للہٕ وان | 42 |
| 7- | پھولن گُل بییہٕ | 45 |
| 8- | یارِ پننُک سَبزار | 46 |
| 9- | پَننِ گرٕ گنٕی کھنُس | 47 |
| 10- | سنٛگدِل کتہٕ بیوٗٹھ | 49 |
| 11- | جانانہٕ مَنہٕ مٔزِلس | 51 |
| 12- | یہٕ کُمِ وۄن سونتہٕ کألی | 53 |
| 13- | موٚدُر مَس دِتھ | 54 |
| 14- | ییٚلہٕ عار روٗستے دزاو | 55 |
| 15- | کتہٕ روٗد کھٔٹتھ سُہ | 56 |
| 16- | یَژھ تہٕ پَژھ | 57 |
| 17- | بہٕ ییٚلہٕ چانہٕ باپتھ | 58 |
| 18- | مَس دِتھ مےٗ ژوٗلُم | 60 |
| 19- | زُو وَندس یارس | 61 |
| 20- | وُلیسے وَس پوشہٕ ورشُن کر | 63 |

# غزل

بَن ژٕ وأصِل کر ژٕ حاصِل یُتھ ترکھ
سَن کِتابے مو پھٕرِس خأ لی وَرَق
اَدٕ سوٚنَس سَرتلہٕ گُنۍُ ما موٚل کرَکھ
سَن کِتابے مو پھٕرِس خأ لی وَرَق

أ لِف تےَ واو بیٚیہٕ رَلاوُس میم ژٕ ے
ژٕیےٚ حَرف تھاو یادٕ یوٚد زیٚنُن ژٕ ے ژٕ ے
آبہٕ روٗس گاڈ نتہٕ بُٹھس پیٹھ فُرٕ ڈ مَرکھ
سَن کِتابے مو پھٕرِس خأ لی وَرَق

کُن أ لِف دژاو اَمہٕ مَنٛزٕ ے نامِ اللہ
کھَن ژٕ جِگرس مَنٛز تہٕ کرتو بسم اللہ
نوٗرِ اَنور اَدٕ وُچھکھ زرقو بَرَق
سَن کِتابے مو پھٕرِس خأ لی وَرَق

چھُکھ ژٕ آدَم آدمیَت پأدٕ کر
ہَر اَکِس پٮ۪ٹھ گژھِ تھاوٕنۍ ہِش نظر
بنٛدے خُدا سأری چھِنا تتھ ما چھُ شک
سَن کِتابے مو پھُرِس خألی وَرَق

چھے ژٕ ے دیُتمُت ذاتنٕے حبس ہوش پوٚر
اَشرف المخلوٗق چھُکھ بَن ذِی شعوٗر
ژھوچَرس اَے پوچھر لبکھ رُت کھکھ تہٕ چکھ
سَن کِتابے مو پھُرِس خألی وَرَق

میٛجتَس مول یوٗت کرَکھ بنہٕ تیوٗت زر
بے حیا پأٹھۍ دھنہٕ کماوٕنچ کل مہٕ کر
تیُتھ حِسابا ییٚلہِ لگی پَتہٕ ما بچھکھ
سَن کِتابے مو پھُرِس خألی وَرَق

بُلبُلس مُدربر چھے یِژ خوش لَگان
وِشواسہٕ سان سُے گُلس ویٚوٗراہ ٹُلان
چھس خبر سوٗرے وُچھان چھس ژٕ ے مَلق
سَن کِتابے مو پھُرِس خألی وَرَق

☆

# غزل

ژٔشمہٕ بادام، زُلف شہمار یارٕ سُند اَنہار چھُم
ہاوِ دیدار تَس پِیا عار، سُے مےٚ لَلہٕ وُن نار چھُم

شامہٕ ژھایے تارٕ کن مَنز زوٗن ژھاران آفتاب
لاٗنی ژوٗرو کتہِ لبےٚ پےٚ، کَس مےٚ وَنہٕ تَس وار چھُم

دوٗرِ دوٗرے، ژوٗرِ ژوٗرے چھُکھ رِگندان ژھسپہٕ ژھارِ میےٚ
ووٗنی تھٕچِس واراہ یِتھم نزدیک تَماہِ دیدار چھُم

یارٕ دادے مارٕ گاٗمژ چھِی پیٚمژ عاشق پتھر
گُل گرٛھَن ما سوٗنتہٕ ہیے بَرٕ، کتہِ یِوان تَس عار چھُم

راتھ زَن کوہ پھٔم کلس پیٹھ دوہ گرٛھان دَر اضطراب
چاو ساقی جامِ جَم بزم ژٕ زان سَمسار چھُم

ہوشہِ ڈٲلتھے ییَے سکوٚناہ، پیٚیہِ تمِس بییہِ یاد میٛون
ناد لایان اَوسِے کُس تام ما گوٚمُت بہمار چھُم

بَنٛدٕ چھُس بَندگی کران عرشس تہٕ فرشس لامکان
میٲنٛز عرضی بوزِہسم شیٚچھ ٹوٗٹھ سُے اومکار چھُم

لچھِ ناوِیٛو گچھ گرِتھ چھُے میٛون چمَن وَلہٕ بییہِ اَنٛدر
وِشواس چھَے تمٔی ہنٛز یہِ شیٚچھ آیُت مےٚ چوٗن گُلزار چھُم

چشمہٕ بادام زُلف شہمار یارٕ سُنٛد اَنہار چھُم
ہارِ دیدار تَس ییِا عار سُے مےٚ للہٕ وُن نار چھُم

☆

# غزل

اَکھ مُچھ تہِ اگر نارٕ دزِ، پَروانہٕ وَنَس ما
یوٚد ساسہٕ بٔدی کانْہہ سازکرِ، جانانہٕ وَنَس ما

موٗختٕک اَنبر وُچھ یٮ۪نٛز پاٹھی کنٛن لال فَروشن
بے زانہٕ ہندی پاٹھی روٗدرہے دُردانہٕ وَنَس ما

ہِرٕیہِ لوٗسِتھ اَنہِ گوٚٹ چھے سَنگرن بالَن
زوٗنہٕ گاشس کھوٚند لگان نوٗرانہٕ وَنَس ما

زاہِد گوٚمُت مَس جام چتھ، بے ہوش سَرتاپا
سَجدِس اندرٕ چھِس غابہٕ ہے، مَے خانہٕ وَنَس ما

شیٖرہٕن صبرٕ کرٕوٕٹھ پیوٚمُت، عاشقن اَزتام
مَزٕ اِنتظارس پزارِ یُس، بے گانہٕ وَنَس ما

یٮ۪تہِ کاینِاتَس وٕنی دِوان یُس روزِ دوہ تےَ راتھ
وُچھِ جلوِٕ عرشک پزاوِ سموٚے، دیوانہٕ وَنَس ما

گُل چھُ سےٚ گُلزار سےٚ، سےٚ چھُ میوٚن وِشواس
کانْہہ بُل ہوس نےَ مانہِ تَس، شیطان وَنَس ما

☆

# غزل

وَہئ واے مٕہ کر گُزراو یہِ راتھ، جانانٕہ مَہ بَرغم
راتَس کران گردِش چھِ نَو آسمان مَہ بَر غم

سَنگر پھولن چھَلہِ روے گُلن آفتابُک نوٗر
وُزٕ ناوِ صُبحُک داو گُلن سان مَہ بَر غم

سَفرس اندر ژاکھ ییٚلہِ ژٕ زاکھ، زاکھ زُوٗت روز
سِہہٕ حوے رٕٹِتھ زِنٛدٕ روز رِنٛدانٕہ مَہ بَر غم

دِل کر سخت یوٚد چھُ اَوِیُل پوش وتٕہ راوَن
شمہَس پتن کر گتھ ژٕ بَن پَروانٕہ مَہ بَر غم

یَتھ عالمس منٛز یوٗت کرَکھ تیوٗت سورکھ غضباہ
یَتھ زِنٛدگی منٛز رِنٛدٕ بَنٕہ نُے زان مَہ بَر غم

راتھٕے زیوِتھ تٲمُر وُپھ ہیٚچھن، وِشواسٕہ سان دژاو اَدِر
لوٚگ مَس چیٚنٕے مستانٕہ، میخانٕہ مَہ بَر غم

☆

# غزل

وُچھِم کوٚستوٗر بوٗلَن شرٛاوٕنَس مَنٛز
یٚمبرٕزَل مورٕد ڈیٛنٹھِم یاوٕنَس مَنٛز

وُچھِم کم گُل گرٛھان بَرٕ سونٛتھ کالےَ
وُچھِم ہَر کُنہِ کمالَس پَتہٕ زَوالےَ

وُچھِم کم آرٕ کُنہِ ییٚتہٕ شولہٕ ماران
وُچھِم کُنہِ تہٕنٛزٕ کُنہِ ییٚتہٕ ترٛیشہِ ژھاران

وُچھِم کُنہِ وِزِ وَنَن مَنٛز وِگنہِ وَنہٕ وان
وُچھِم کُنہِ ترِمہٕ وبداکِچہٕ باکہٕ ترٛاوان

وُچھِم حُسنٕچ پٔرۍ زَن سورٕگچ حوٗر
وُچھِم بَرمَنٛدنٕن پھوٚلمُت ترِمن سوٗر

وُچھِم گُنہِ وِزِ اَمارٖ ہُش مائٹِزِ مہرِینٗز
وُچھِم سوے گُنہِ بنِیمُش دبدٖ تہٖ کاکنٗز

وُچھُم سمسار برۡم تےَ بأزی گاراہ
وُچھُم بَلہٖ وِرٖ نیران نابہٖ گاراہ

وُچھُم وِشواسؔ بَران لولاہ بہَارَس
وُچھُم پڑاران بیٗتہِ نَس اَزلہٖ یارَس

وَنےَ کیٗاہ کیٗاہ وُچھُم کوتاہ وُچھُم مےٗ
فَقط نیٗنڈرے اَنڈر خاباہ وُچھُم مےٗ

☆

# غزل

ضَرب جِگرُک بۄ للہٕ وان آس
بۄ خلوَت تَس خبر سأرے
صَبرٕ دِیتُمُ تہٕ ژالان آس
بۄ خلوَت تَس خبر سأرے

سورگ دۄ ینم چھِ ستہٕ وَے چانٔی
نَرک ستہٕ وَے تھوِن پَردَس
تَنٛدِس تھزٕرَس پژنامَس ژاس
بۄ خلوَت تَس خبر سأرے

مےٚ تَس ستیٚ لأج یارانے
تہٕ دۄیمَس چھُکھ مےٚ جانانے
دۄپُن پوٚز چھَس تہٕ خاص الخاص
بۄ خلوَت تَس خبر سأرے

دۆپُن کر کارِ دُنیا نیک
تہٕ نیکی بأگہٕ راوان روز
عمل پیَہم عمل اۍحساس
بۭہٕ خلوَت تَس خبر سأرِے

وَوان روز پۆز مو مَنگ پھَل
چھےٚ میأنی کأم کرِتھ دیُن کھَل
بَندن ہِنز بَندگی یِوان چھِم راس
بۭہٕ خلوَت تَس خبر سأرِے

کرَن کتھ ٕکرٕ کتہِ چھِم یاد
مگر دادَس مےٚ گوم بیداد
حجابس منز کھٔٹِتھ کوہٕ أسی
بۭہٕ خلوَت تَس خبر سأرِے

اَنِکھ کتہِ تاب بہٕ ییٚلہِ باوَے
وُچھکھ کتہِ جَلوٕ یوٚد ہاوَے
پوٚتُس دوٗپنَم ژٕ اکھ مےٚون داس
بہٕ خلوَت تَس خَبر ساٲرٕ ے

اکھنٔڈ برٛہمانٔڈ چھُ مےٚونُے باس
جَوابَن تٔمۍ دُیتُم وِشواس
دِیم درشُن گٔرِتھ منہٕ واس
بہٕ خلوَت تَس خَبر ساٲرٕ ے

☆

# غزل

پھولن گُل بیٚیہِ بہارَس، یارِ سُنْد اَنہار بَنْیاہ وَنَتم
پھُٹِتھ یِیلہِ شیشہِ پھو دِلہِ گُے، کھُنْجن مِلہِ ژار بَنْیاہ وَنَتم

سَنْبائِلتھ گُس ہکن ریزن، ژھینِتھ پَن راوِ موختے ہار
گُنئُ مونہِ پھوٚل تھوٗن سُے نائلی، چِھماہ بِسیار بَنْیاہ وَنَتم

موٚلے اَصلک مولُل بے شک، وَنُن آسان بَنُن مُشکِل
ہیچِھنِی ژھانٹھ اَدِ وَسُن سئدرَس، خَبر تتہِ تار بَنْیاہ وَنَتم

وٗنِتھ کس کیاہ ہکو آخر گمتی بَرِ پانہِ چِھنا جِگرس
ژیُھا اَکھ گرشھِ مَنَس شائنتی، چھوکن شِیہجار بَنْیاہ وَنَتم

زَخم جِگرُک وُچھِتھ ہیٚوک گُمُ، چھُ ژالان دَگ تمِچ بیمار
تِیم گُنزرِنی مےٚ سینکی چھوکھ، سُہ تیُتھ غمخار بَنْیاہ وَنَتم

حسینا گُن اَول آخر، تمُس پَتہِ تا اَبد عاشق
گُنئُ پاَغام تمُس میٚونئے، تَسُنْد دیدار بَنْیاہ وَنَتم

وَنان بوٗزُم مےٚ پارَس یار چھُ وِشواس کیاز دَر آزار
چَمن تمی سُندی پھولن بِسیار، کرَکھ کوتاہ شُمار وَنَتم

☆

# بُترٲژ ہُند رَنگ

یارِ پَنُک سبزار چھُ بدلے | زانہہ چھِنہٕ وۄشلان اَمہِ کی اَنگ
کنہٕ دۄرٕے پھرٕنن زَن ألران | بُتراتھ وَنان یم میأنی رَنگ
اَکھ بیأل پھۄل اَنبر وۄپداوان | اَکھ ہری یہٕ زٕژاہ پھۄلراوان پوش
اَکھ واو گوٗلا چھکھ اَسہٕ ناوان | بُتراتھ وَنان یم میأنی رَنگ
زأژ زأژل یمہٕ چھے پوشن ہنزٕ | کینٛہہ پھولٕمتی کینٛہہ وُنہٕ پھولنچہٕ بزأنژ
کینٛژن چھِکھ ٹۄری زردٕمتی | بُتراتھ وَنان یم میأنی رَنگ
ییٚتہٕ نَس اَکھ گُلشن مُستی منٛز | ہُتہٕ نَس اَکھ صحراو تاپھ تپان
کتہٕ تامَتھ پھۄٹمُت لاو کوہَس | بُتراتھ وَنان یم میأنی رَنگ
شُمشانَس پٕٹھ نار بۄ ناہ | گَس تامَتھ اُدی گوٗمُت سۄر
سَرتاب چھُ درٕامُت کس تامَتھ | بُتراتھ وَنان یم میأنی رَنگ
ہُتہٕ نَس اَکھ عالِم شرٛوپ میٚژ منٛز | ییٚتہٕ نَس اَکھ شاعِر تھَنہٕ وُنی پھو
وَنہٕ وِشواس واراہ توٚہی بۄزِو | بُتراتھ وَنان یم میأنی رَنگ

☆

# پٔنٕز گرٕ گٔنز

پٔنٕز گرٕ گٔنز کھنُس تصوٖیر تمٔی سٕنٛز
بٔنُس محبوب یۆد چھےٚ زیٖر تمٔی سٕنٛز
اَمارَن ژونگ زالکھ کیٛاہ سنگر پھۆلی
دَماہ وُچھ خاب پر تأبیٖر تمٔی سٕنٛز
بٔنُس محبوب یۆد چھےٚ زیٖر تمٔی سٕنٛز

ژٕھنُن نأۍ ہارٕ کنہِ سمرَن گنٛزر پھٲلی
مَنٛچہِ منقلہِ دَمن لاگ کرمہٕ گانٛگل
ژَٹُن شٔشترٕ لبکھ تدبیٖر تمٔی سٕنٛز
بٔنُس محبوب یۆد چھےٚ زیٖر تمٔی سٕنٛز

مَنُگ مَنٛدر اَنٛدر گر مۆر تیہِ سان
تہٕ نۆمراو کلہٕ پٔرکٹ گرٛشہِ پلنہٕ بھگوان

أَلِف کُن شِ سہس پٹھ صبر تمی ہنز
بَنُس محبوب یۄ د چھے زِ پر تُمی ہنز

ہَوس دَفنا زِنٛدے رِنٛدَ ے بُنٛتھ روز
وَزِنہِ لگہِ لولہِ تار مِضراب دِتھ بوز
اَتہِ گتہِ ہے پرُس تکبیر تُمی ہنز
بَنُس محبوب یۄ د چھے زِ پر تُمی ہنز

چھُ زامُت کر یہِ وِشواس تَس خبر چھا
بُہ آدَم پأدِ گوٚمُت چھے تیٚلی ما
توَے اَز عرشہِ گُنٛزران پر تُمی ہنز
بَنُس محبوب یۄ د چھے زِ پر تُمی ہنز

☆

# غزل

سنگدِل کتہِ بئوڑھ چھُم زہتہِ ہأے
تَس پتہِ ہأے گوم لوکہِ چار
مولہِ رؤستُے مولہِ وُم مےٛ تہِ ہأے
تَس پتہِ ہأے گوم لوکہِ چار

شہزادَے روپہِ بدَنَس تےَ
جامہِ ژٔڈِتھے مجٔمس خاک
خاک چھأنی چھأنی خاک گومےٛ تہِ ہأے
تَس پتہِ ہأے گوم لوکہِ چار

اَزلہِ لأنِس زورا وارس
تیٚشہِ پانےٚ وٕدھ مےٛ لأے نارس
مُرٛ زُلیخایہٕ سفس پتہِ ہأے
تَس پتہِ ہأے گوم لوکہِ چار

دَزِ پوثپؤر شمہس کرِ گتۂ ہأے
روزِ شمعس تمہِ کُئے غم
سو تہِ أخر شمع تَس پتۂ ہأے
تَس پَتۂ ہأے گوم لوکہٕ چار

زایہِ یمبرٕزَل سونتھ آو پَتۂ ہأے
باثبر پمژ دژایہِ جَل جَل
ژیرِ بوٚمبرس اوس قسمتۂ ہأے
تَس پَتۂ ہأے گوم لوکہٕ چار

زورٕ آلو گیہِ کنَن مےٚ تہِ ہأے
ہا خُدایا ہاو سہٕ جَل
پاکِ عاشقن روزِ محشرچہِ وَتۂ ہأے
تُس پَتۂ ہأے گوم لوکہٕ چار

گُل پھولہٕ نَس وِشواسؔ پژاران
پھولہِ گُلزار نیرِ وُچھِ بہار
مأرِ فتۂ مےٚ تَس پَتۂ پَتۂ ہأے
تَس پَتۂ ہأے گوم لوکہٕ چار

☆

# غزل

جانانہٕ مَنہٕ مَنزٕلس اَندر للہٕ وان روزے ژیےٚ
دُردانہٕ دوٚرن منز جُرِتھ اُلران روزَے ژیےٚ

ہاوَس مےٚ چھُم تھاۄِتھ ووٚنٛدس
پیٚو ستہٕ ژےٚ بَنٛدس بَنٛدس
اَتھ شمع رویس گتھ کران پَروانہٕ روزے ژیےٚ
دُردانہٕ دوٚرن منز جُرِتھ اُلران روزَے ژیےٚ

رادھے بہٕ لایان لولہٕ ناداہ بوزِ کر نَنٛدٕ لال
جمنایہِ بٹھی بٹھی کامدیٖنن چھُم رَچھان گوٚپال
وَنتم ژٕ جل جل راسہٕ لیٖلا کر ساٗ کھیلنیٚ چھےٚ
دُردانہٕ دوٚرن منز جُرِتھ اُلران روزَے ژیےٚ

عاشق فِدا معشوقہٕ سٕنزے وِیرٕ طلبگار
کتہٕ کھوژِ یوٚد وَے منز میانَس آسہِ نَگٕہ تلوار
لیٖلاے خُدایوٚ دَر نظر مجنون جُدا چھےٚ
دُردانہٕ دوٚرن منز جُرِتھ اُلران روزَے ژیےٚ

خُسرو با پیٖر سَر کوٗرُن خَم نُزدِ موحبتھ

شیرٖین فَرہادِ بیٚیہِ رَلن دَر روزِ قیامت

تا دوٗرِ سمسار رِنٛدِ عشقچہِ زِنٛدِ مِثالہِ چھے

دُردانہِ دوٗرَن منٛز جُرِتھ اَلران روزَے ژیٚے

شمعہِ ہَن اَندر پانَس ژٕ زونٛگھ مون تھَن دَرویش

دارَس کھٕسِتھ نارَس دٕزِتھ قایم تسُنٛد رٕود تیش

سورنَے تسٕندی بارو دِتیٕتی وَنان خُدا چھُ ہامَے

دُردانہِ دوٗرَن منٛز جُرِتھ اَلران روزَے ژیٚے

ییٚتہِ عشقہِ ژوٗرو رَشکہِ چانَے چھَس گومُت فلوا

وٕسیلہِ میٚون چھُے پیٖر پیٖراں ہاوتَم جلواہ

وِشواس نالان منہٕ نہٕ ییٚ وَن سہٕ میلم میٚے

دُردانہِ دوٗرَن منٛز جُرِتھ اَلران روزَے ژیٚے

☆

# غزل

یہِ کُمِ وون سوٗنتہٕ کأنٛی یوت
پھولان چھِ پوش گُنہِ ہَردَس

صبرٕ شیرٕ ہین موٗ دُر مُدریر
توٗ ے پیوٗ کرٛ وٕ ٹھ فرہادَس

یُمبرٕ زَل مُشکِہے مُشتاق
دِوان بوٗ مبُر چھُ جامَن چاک

وُمبرٕ راوان یتھے گُنٛز چھَس
پھولان چھِ پوش گُنہِ ہَردَس

گِنٛدان ژھیپہٕ ژھارِ دژایہِ ہیمالٓ
وولُس تَس نٲ گرِ اٰ ے نال

گُمرٕ سَتھ گُنٛی تُمٕ ہے اٰسَس
پھولان چھِ پوش گُنہِ ہَردَس

یہِ لٲل اٰسَن کرٛہنٛز کأژاہ
چھُ مجنوٗنس سُہ کتہِ پَروا

وُچھان اُچھ تَس پَنٕنہٕ لوٗسَس
پھولان چھِ پوش گُنہِ ہَردَس

کران پوشرُ سَدا رٕوٗدگھ
دَزان ہَن ہَن ہوان چھُنہٕ پتھ

شِہُل شہجار شمع رویس
پھولان چھِ پوش گُنہِ ہَردَس

یہِ وِشواس یُس چھُ مستانےٚ
پھولَن تَس گُل گُلِستانےٚ

چِلان کتھ چھےٚ تَہنٛز عرشَس
پھولان چھِ پوش گُنہِ ہَردَس

☆

# غزل

مۆدُرمَس دِتھ بہٕ بڑۆمرآوَنس    پَزِیا وۄنی دۄر روزُن تَس

دَزَن میۆن دِل تہٕ ڈۆلمُت حبس    پَزِیا وۄنی دۄر روزُن تَس

شَب و روز چھَم مےٚ تمٕی سِتۍ کل    بَلس بیمار تیَم یۆدجَل

دَرَس زَن دوہ بہٕ اُلجِتھ چھَس    پَزِیا وۄنی دۄر روزُن تَس

یُمبرزَلہٕ ماے بۆمبرٕ نی پَژھ    گُمِتھ فلوا کران چھَس ئزِ

بۆمبُر عاشق مےٚ چھُم مشخص    پَزِیا وۄنی دۄر روزُن تَس

ژَلےٚ ویٚسی گُمِتھ اَنوس کس عار    دَپُس گاٮ۪تھ سو چھَے بیمار

ژٕری نال چھِی پٕری رویَس    پَزِیا وۄنی دۄر روزُن تَس

کرُس روشن ژٕ میۆنُے حال    مےٚ پڑاران ووت تَس یُژ کال

مےٚ ہےَ تمٕی نارٕ زٲجِنَم وَس    پَزِیا وۄنی دۄر روزُن تَس

زٕ بییہِ سَتۍ وَنان اَسمان    یِمےٚ سِتۍ ژھارٕنےٚ تۆت تام

ژٕنےٚ یِکھ تیٚلہِ گُنی زٕنی چھَس    پَزِیا وۄنی دۄر روزُن تَس

ژٕ کۆت وِشواسہٕ یپاٗری دژامُت    ژٕ ماہتھ شێچھ تَسِنز آمُت

سو ماچاٮ۪نس اَندر چمنَس    پَزِیا وۄنی دۄر روزُن تَس

☆

# غزل

یۄلہِ عارٕ رۄستے دژاو یار
تژ اۆتھ ژۄلُم وَنواس گو

دِل پۄن کتہِ رۄد پۄن
حبس ہوش ڈۄلُم تلواس گوَ

ہی تہِ مَسوَل رۄد کرَان
سوتۍنس بَران وُچھ مارے مےٚ

تارٕکن ووتھ دَدرایہِ اۆش
ہَردَس تِمو یۄلہِ تژاس کھوٚ

پۄیہِ ہرٕتھ لوٚہرٕ بَرٕ
تھَر پیٹھ گنڈ ہوٚ تَس بوسہٕ دیُت

گُل رِوان رۄد ژھایہِ ژھایے
کتھ مخملس تَس خاصہٕ گوَ

گوٚ کرِتھ ساٗلا بوٚ مبُر
آمُت سہٕ اوس اَکھ آش ہِتھ

کتہِ ٲج خبر تَس یٚمبرزٕلے
فاقہٕ لگی تِمَس اِفلاس پوٚ

پوٚت نیَن تے بیٚیہِ گلشنن
مَنز وٕنی دِژاِیَس جابہٕ جا

پاک عاشق دژاو واپَس
نوٗرٕ تِمی ہِندِ اَنڈٕ وَند گاش پوٚ

چھُے دِل اۆوِیُل پوٚش اَکھ
یۄلہِ پھولہِ پھولن اَدٕ شالمار

وِشواسہٕ کرٕ ژبڈ رٔٹھ قرار
چون بوٗزِتھ تژاس کبھو

☆

# غزل

کتہِ رۆد کھٔٹِتھ سُہ مۆت میٛون  دیوانہٕ توٚت بہٕ لارَس
تنہٕ دِل گوٚمُت پرَیشان  یَنہٕ لوٚگ وُتِھش اَمارَس
روٗیِ نازنیٖن تمٕی سُنٛد  ساسہٕ ہِری یہِ گاش پٔژلان
ژھرٕٹہٕ ژھرٕٹھ کران بہٕ یِژ چھُس  ووٚڈھ مابہٕ لایہِ نارَس
چھے سینہٕ سوٗر مٔلِتھ تَس  مایا کھوٕری کِنبتھ چھُس
چُشمے تَسنٕز چھِ مَس کھاسۍ  تأریٖف لاجوابَس
پیٚیہِ ییٚلہِ نظر مےٚ گُن تَس  نیٚنٛدرے انٛدر مےٚ ڈول حبس
ژھٕہرِتھ بہٕ اِنتظارس  پژاران اَزلہٕ یارَس
گیٖسو دژاز تمٕی ہٕندۍ  شُہمار زَن اَوَیزان
موصوٗم بُتھِ چھُ پانۍ  وٕیا پگ سُہ کأیناتس
پیٖالَن برِتھ چھُس مے  تمٕی ہٕنٛزٕ تمہٕ نظرٕ وُچھِ مے
چاوٕم سُہ پانہٕ یوٚ دوَے  توٚت تام تَس بہٕ پژارس
کوتاہ حسیٖن چھُ پانۍ  کوتاہ رٔنگیٖن سُہ پانۍ
آشِ چھُم سُہ گُنہٕ بہانۍ  کرِ یاد مےٚ دیوانَس
وِشواس چھُ نپلہٕ کنٛٹھَس  اَرپَن گُرِتھ سوُرے

شِوتَس دِوان یہِ باوَر
موکھ ہاوِ آرژ کالس

☆

نظم

## یَژھ تہٕ پَژھ

چھُ پڑارُن ساعتہٕ ہے موکجار میلبم
ذٕ زِتھ نارَس پھوٚلِتھ گُلزار میلبم
تمِٕس شمعس کرٕنی چھِم پوٚنپرٕنی گَتھ
بٕنِتھ عاشق تَسُنٛد دیٖدار میلبم

وَنو قوٚدرت کتھ وَقتہٕ چھُ سورُے
بٕنحتہٕ تمٕی ہٕنٛد گُنٕ یلغارٕ میلبم
کرُن سَرخم چھُ تَس کُن ہَرسوٚ چھُ یُس زَن
تمِٕس روٗس کُس چھُ بیٚا کھ یُس یار میلبم
تَماہ ہر وِزِ تھٲوُن تمٕی سُنٛد دِلس چھُم
جماہ سورُے سُہ میٚے اوٚمکار میلبم

اَپُز سورُے فقط سُے روزُوُن بَس
دَیم دَرشُن تسُنٛد یقرار میلبم
چھُ پھولہٕ وُن پوٚشہِ باغ اکہِ وِزِ ژواپور
توَے وِشواس ترٛییس شیٚہجار میلبم

☆

# غزل

بہٕ یِیلہِ چانہِ باپَتھ دیوانہٕ گوٚمُت
تھَوان کونہٕ چھُکھ اَکھ زرا دِٕیان مِیُونُے

رٕٹِتھ برٛونٹھہٕ کنہِ چھُکھ خُدٲیِچ کِتابا
پَران کونہٕ چھُکھ پانہٕ اَفسانہٕ مِیُونُے

دِتم چاک جامن گُمرٕ کھٕنجہِ مےٚ جِگرس
أچھَن اوٗش وَسان دارِ سوٚتھ زھیٚون سُدرَس

زَخم پانہٕ گُنزراو رَٹےٚ نَتہٕ گرِیبان
وُچھُم پانہٕ بریان چھُ ناسینہٕ مِیُونُے

سِتم زد تہٕ غم زدٕگمتین پزٲیا چون
ژےٚ ہیٚون انتقام پزِ بَڈٕہن شوٗرویرَن

پَرَن تل منٛگنہِ جاے یَم پانہٕ ژےٚ آہتز
تِمَن تیر لاینٛز چھا قونوٗن چونُے

برِتھ خشمہٕ پیٲلن تھَوان کٲیاہ ژٕ پیہَم
یہِ چھا مےٚ کنہِ چھُکھ برِتھ آبِ زَم زَم

ڈَلان ہوش ٕکتین سُہ چتھ پانہٕ ڈیوٗٹھُم

توَے کِنز چَوان چھُس دوہے جام چونے

بَران روز پھران روز کرَکھ یِنہٕ بخیلی

چھُ زأہِد مَنگان ترٛیش چھِی سمندر سوالی

چُکاوَے حِسابا دَر روزِ محشر

بے باک کرَن قَرضہٕ یۆد آسہِ چونے

وُچھَن دوٗرے دوٗرے کنڈٕ ین پیٹھ تَماشا

چھُ اَفسرُدٕ بُلبُل وِشواسہٕ ژٕے ہنا

کنَن گیئس کنہٕ وان پھولن چاۓنی گُلستان

یہِ پرٛزنوو مےٚ آلو چھُ بھگوانہٕ چوٗن

☆

# غزل

مَس دِتھ مےٚ ژٕلُم یار     بے عار لۆگُم تمۍ

لَلہٕ وُن منقلہِ نار     جِگرس تھۆوُنم تمۍ

پوشہِ کِتہِ کاٗنسہِ سمسار     سمسار بزٕم تہٕ باٗزی گار

کوتاہ چھُس گاٹہٕ جار     سِر ناے بووُنم تمۍ

مسوَل گیہِ گرِفتار     سوٚنتُک وُچھِتھ وہٕ ہار

واوِ گژایہِ کوٚرُس سمھار     کس خبر تھاوُنم تمۍ

لاٗنی ژٕر زوراوار     مَنز وَنہٕ زَن تبر دار

چھُ ژٹان کم ژٕندن دار     کر خیال تھوٚوُنم تمۍ

لاچار نیرِ بازار     مند چھان چھےٚ نہٕ چنٛدس ہار

دَیہ پوٚر ربر بَسِ بکار     دِل پھُٹِتھ جوٚرُنم تمۍ

وِشواسہٕ عشقُن نار     لَلہٕ وَتھ ژٕے دَر سمسار

ووٚنی بنی ساکھشات کار     دَے وَنہٕ نووُم تمۍ

☆

# غزل

زُو وَنٛدس یارَس خُمارَس — تَس نِگارَس چھُم اَمار

پوٚش وَتھرَس یِیہِ ہے بہارَس — تَس نِگارَس چھُم اَمار

لٲنۍ ژٕوٚرَس ژٕوٚری روٚزِتھ — زاگ ہٕمَس بَرتَل سَدا

تھپھ گٔرِتھ دامَن رَٹہٕ ہَس — دوسدارَس چھُم اَمار

رُت تہٕ گٔرٛت میٚون چھُس عیان — کبتھٕ گٔنٛز تھَوس بو کھٔٹِتھ

یہِ کران چھُس چھُم کرٕناوُن — سُے دَرسمسارَس چھُم اَمار

میٚوٚٹھ مَے سُے باگہٕ راوان — سُے چھُ چاوان چاوِیُس

جام چیٚے چیٚے ترٛاوِ خٲلی — پُر خُمارَس چھُم اَمار

لام زُلف رامہٕ ژٔنٛدرَس — مَنہٕ مَنٛدرَس چھُم مےٚ سُے

دامہٕ دوٗد چاوان روزَس — بالہٕ یارَس چھُم اَمار

کامہٕ کرٛوٚدِچہِ ناوِ میٲنے — سٔدرٕ زَل والس چھیٚلِتھ

بٔگھتہِ باوِکی پوٚش لاگس — اَزلہٕ یارَس چھُم اَمار

وادسمواد یم تہِ زَن زٕنمن — اَنٛدرتَس ستۍ گٔرِم

تتھ منٛگِتھ مٲفی ہٕمَس وَر — ناوِ تارَس چھُم اَمار

پانہٕ بخشن ہار داتا      سُے وِداتا چھُم پتا

مایہِ سان وَردان ہہمَس رُت      مُکٹ دارَس چھُم اَمار

موہنے اَنہِ گٹہِ منزٕ کَڈِتھ      ہاوُم پرٕکاش لَبہٕ اول بو

وِشواسہٕ ترٕیۍیہِ گرٕ ھِ لےَ اوٗمَس      پرٕاوِ شیٖہجارَس چھُم اَمار

☆

# غزل

ویسے وِس پوشہِ ورشُن کر
مےٚ ہے یژ کائلی وُچھُم دِلبر

فرق تَس نائے چھِ آمژ زر
مےٚ ہے یژ کائلی وُچھُم دِلبر

زُلف کوٗنکل وٗلِتھ شہمار
تِمن وُچھِتھے بلان بیمار

خُمار چشمو چھُ امر بشور
مےٚ ہے یژ کائلی وُچھُم دِلبر

ژرَن تمیٚ ہنٛدِ پھوٚلمُت پمپوش
رٕٹِتھ تِم منی اندر چھُم بوش

ہوان روزِس رُت رُت ور
مےٚ ہے یژ کائلی وُچھُم دِلبر

بہٕ تَس پتہٕ مژ سُو مستانے
چوان ہے پنہٕ نی میخانے

تسنٛز گنہٕ راوکل اوم اوم پر
مےٚ ہے یژ کائلی وُچھُم دِلبر

دِمَس پنہٕ نوٚٹی بہٕ پیمانے
اَژِس تَس ہتی میخانے

پھِران روزِس اندر دِتی بر
مےٚ ہے یژ کائلی وُچھُم دِلبر

وٕنم یی تی کران روزِس
زِ پان سوہم سوٚ بوزِس

چھُ میوٚن ٹوٚٹھ یار زگِتُگ گور
مےٚ ہے یژ کائلی وُچھُم دِلبر

تسنٛز شکھتی تسنٛز چھم ستھ
تُسنٛد وِشواس مےٚ بَس حاجتھ

دوان دوران پرس ہر ہر
مےٚ ہے یژ کائلی وُچھُم دِلبر

☆

# ژۆرِم رَنگ


| نمبرِ شُمار | بُھتی رَژنایہِ | صَفہِ نمبر |
|---|---|---|
| 1- | مَنَس چھم کل گنیمڑ | 64 |
| 2- | مڑ گہِ چھال وُلتھ | 66 |
| 3- | اوم شبدِ دود بلہِ | 67 |
| 4- | پرتچ ہاٗری | 68 |
| 5- | مَژر آمُت | 69 |
| 6- | ڈبکہِ دبد ماٗج | 70 |
| 7- | کوٹھ قلم | 71 |
| 8- | کیرتن چانے | 72 |
| 9- | چھنڈِ چھوٚن | 73 |
| 10- | روو | 75 |
| 11- | داغ ہاوَے | 76 |
| 12- | بالہِ کرٛشنو | 77 |
| 13- | شیرِ خامس | 79 |
| 14- | لولا گنئومُت | 80 |
| 15- | بالہِ گوپالو | 81 |

| | | |
|---|---|---|
| -16 | مَنہِ مَنزٕ تھٲوِتھ | 83 |
| -17 | نێتھ پٔرٕ بھاتن | 84 |
| -18 | آمُت زٕ مَس | 86 |
| -19 | گاش پھول گاشرٕ | 89 |
| -20 | دیوٕکی تھَنہٕ پھو | 91 |
| -21 | ہرٕ شِوٕ شنکرٕ | 93 |
| -22 | منہِ مَنزٕ للہٕ وَتھ | 96 |
| -23 | لولہٕ مسکی پیالہٕ بَرس | 98 |
| -24 | شِو ناتھَس بھگوانس | 99 |
| -25 | شکھتی ہتہٕ شِوٕ ہنم | 101 |
| -26 | تھوٕکُس بہٕ پٔری پٔری | 102 |
| -27 | ماتا لکھمی ستی نارائنس | 104 |
| -28 | مالہٕ کرو پوشَن | 106 |
| -29 | چانہِ مایہِ | 107 |
| -30 | سورگہٕ پیٹھٕ بوزُم | 108 |

# مَنس چھُم کل گنیشٕ کرٕ بہٕ ڈیٛنشن

مَنس چھُم کل گنیشٕ کرٕ بہٕ ڈیٛنشن
جٹا دأری مُرأری کتہِ چھُ آسَن
بُستھ مَنہٕ مَندرٕ ہے منٛز چھُ خاصن
جٹا دأری مُرأری کتہِ چھُ آسَن

مےٚ بوٗزمُت جاے چھِ تَس کوہ کیلاش
نظر تمیٚ سٕنز تَتی پرٛتھوی تہٕ آکاش
چھےٚ تَس گوٗری کھووٕرِ گنٛز یُژ چھُ توشن
جٹا دأری مُرأری کتہِ چھُ آسَن

چھےٚ گنگاجی جٔٹے منٛز تس تہٕ نٕژوٕنی
مَنس دیوٗ ژٕتھ چھےٚ رٕژ کتھ کیاہ تہِ اَسہٕ وٕنی
چھےٚ تَمیٚ شرٛانہٕ سُمرنہِ پاپ موکلن
جٹا دأری مُرأری کتہِ چھُ آسَن

پرٛزلوٗن زَگتٕنے منٛز بَس چھُ ڈُکن سےٚ
سُہ برٛہما، سُے چھُ وِشنو، شکھتی ہٕتھ چھےٚ

چھُ ستھ سمسار گُنۓ اومکار سہ تہِ نِرگون
جٹا دأری مُرأری کتہِ چھُ آسن

کران رکھیا چھُ زگتن پننہِ پانۓ
تیٚم نا سالہٕ سونۓ گُنہِ بہانۓ
تہٕ برٚہس کھرِ کھنڈٕ تھال دِل مےٚ کرٛیشن
جٹا دأری مُرأری کتہِ چھُ آسن

لگس پمپوشہِ پادن پأری پأری
چھُ بکھتن کاسہٕ وُن سے غم تہٕ خأری
دِوان سے زُریأژ کھِمن تہٕ سُے چٕن
جٹا دأری مُرأری کتہِ چھُ آسن

سبھاہ چھُم لول چونُے ہے سدا شِو
مےٚ ہاوُم شوبہٕ درشُن گوش ووٚنی تھو
ژےٚ وِشواس زارِ پارس تھاو تس کن
جٹا دأری مُرأری کتہِ چھُ آسن

☆

# مژگہٕ چھال ؤلِتھ بسماہ مُلِتھ

مژگہٕ چھال ؤلِتھ بسماہ مُلِتھ　　ناگہٕ راجہٕ چھُس گنٛڈتھ ہٕلِس

اوِناش تیٖمِس ساری وَنَن　　گارُن ژٕ سُے زٕہ تَن مَن

ہرٕ دیٖس اَنٛد رکر باس تُسُند　　ترٕن بھوٗنَن منٛز پرٛکاش یُسُند

اَنہٕ نٕے اُچھن یُس گاش اَنَن　　گارُن ژٕ سُے زٕہ تَن مَن

کنہٕ نٕے تیٖمِس ژٕندن وٲلی چھی　　واسُک تیٖمِس زَن نٲلی چھے

گنگاجی جٹے منٛز یُس وسَن　　گارُن ژٕ سُے زٕہ تَن مَن

ترٕے نیتھر یُس چھے دارُون　　بٕو ساگرس یُس چھُ تارُون

تھانہٕ یُس بیابانَن وَنَن　　گارُن ژٕ سُے زٕہ تَن مَن

ڈمرُو ترٕشوٗل اَسترٕ تیٖمِس　　گوٗری کھوٗرٕ کِنٛز چھے تِمِس

گنپت، کُمار سنتان یِمَن　　گارُن ژٕ سُے زٕہ تَن مَن

ٹوٗٹھِ یُس تِمِس کیاہ چھُ پرواے　　پوٗران تَس چھے نٕہ کانٛہہ بلاے

تَنٛدِ ناوٕ ہینہٕ موکھتی بنَن　　گارُن ژٕ سُے زٕہ تَن مَن

پرٕزلان سِری یَن منٛز سوٗ جوٗتی　　تیزٕ وان تُمۍ سُند کیاہ چھُ رٕپھ

بھگوان وِشنوٗ تِمِس پوٗزا کرَن　　گارُن ژٕ سُے زٕہ تَن مَن

ووماہ ستی پھیران یُس　　مہا گنیش یُس ڈیڈی وان چھُس

وِشواسہٕ سان یُس پوٗزاہ کرَن

گارُن ژٕ سُے زٕہ تَن مَن

☆

# اوم شبدٕ دود بَلہِ

اوم شبدٕ دود بَلہِ ڈَلہٕ منٛزٕ پھولہِ لیٚمبہِ پمپوش
شو دِ باوٕ شوٗک ژٔلی ڈَلہٕ منٛزٕ پھولہِ لیٚمبہِ پمپوش
سَتہٕ چے مَنکلہِ پھوٗ پھوٗ کرَنےٚ ہوٗ ہوٗ سورٕ ناوِ سوٗہم سوٗ
واکھن منٛز وبڑھنومُت چھے للہِ ڈَلہٕ منٛزٕ پھولہِ لیٚمبہِ پمپوش
مَنہٕ وُزِ ناگراد ترٛیش بنہِ نِرمَل سٔدرس منٛز بنان پوٗنی نمکین
وانتہِ وَس سٔدرس دُرژھانڈ پھلہِ ڈَلہٕ منٛزٕ پھولہِ لیٚمبہِ پمپوش
اَتھ بکھتہِ باوَس باوہُرٕ راوُس چھاواہ دِنہٕ تھاوٹھان بانَس
کوٚستوٗر چھُ کلان پوشنوٗل ماکلہِ ڈَلہٕ منٛزٕ پھولہِ لیٚمبہِ پمپوش
دوٗر رَٹھ دامانہٕ نِشہِ نارٕ تاوَس دَزِ ینہٕ پشمینہٕ تتھ بنہِ سوٗر
کیٚلی پھمب کتہِ بنہِ پتہٕ یوٚ تام دوہ ڈَلہِ ڈَلہٕ منٛزٕ پھولہِ لیٚمبہِ پمپوش
منٛز یتھ کاے کوستام ژھانے سوے پکناوان بُٹھی ناو
ناوِ ییٚلہِ نَم ڈَلہ ترٛاوِتھ کھیواٹ ژٔلہِ ڈَلہٕ منٛزٕ پھولہِ لیٚمبہِ پمپوش
وبڑھناوِتھ چھُم گھٹی گھٹی تھاوُن باپارٕ ییٚلہِ واتہِ کنہٕ ہوس مال
مالَس نقداہ بنہِ سودا چلہِ ڈَلہٕ منٛزٕ پھولہِ لیٚمبہِ پمپوش
مأرٕ موٗنٛد معشوق ییٚلہِ میوٗن پیہِ سالہِ وِشواس تَس روزِ پیالہِ بردار
دزٕ وگہِ مولہِ دُسہٕ پٔٹ وِلہِ تَس ستی رلہِ ڈَلہٕ منٛزٕ پھولہِ لیٚمبہِ پمپوش

☆

# پَرٛبَتچ ہاٗری

پَرٛبَتچ ہاٗری آیہٕ نَنہٕ واٗری
گوش تھاوتےَ سائنی زاٗری

یادِ کمِلن اُسی لگوے پاٗری
گوش تھاوتےَ سائنی زاٗری

تھٕکھٕ ہتی اُسی زَنَم داٗری داٗری
تھٕکی تھٕکی ووٗنی توَوے یٕوٗری آیی

اَتہٕ گتچی موکلاو واٗری
گوش تھاوتےَ سائنی زاٗری

اَشہِ وانہٕ ہتی یاد چاٗنی چھلےَ
گرٛاے اَسہِ کڈ نبر مَل زَلےَ

نگہٕ نبتھٕ نٕنٕ اُسی چھِ سونٛدٕ برٛاٗری
گوش تھاوتےَ سائنی زاٗری

ہیمال ہنٛز سونٛدر کُماٗری
آشہِ توشس چھکھ پوٗزاٗری

تپ زَپ بیٚیہٕ سادھَن ژٕرے ساٗری
گوش تھاوتےَ سائنی زاٗری

سیوٗک چھکھ بَسما دھرس
پانہٕ شکھتی ہتی شنکرس

ژرے گنگاجی جٹہِ تَس جاٗری
گوش تھاوتےَ سائنی زاٗری

شوٗبہ وُن چھُ سوٗرموٗت چونےُ
سوٗر مٕلتھے یٕژ نُنٛدٕ بونےُ

سلہٕ بٕدی سِری یہِ پرٛکاش چھُس جاٗری گوش تھاوتےَ سائنی زاٗری

یَس نہٕ کانٛہہ آسہِ تَس چون آسرٕ
سایہٕ یٚنٛنےَ تھوٗی زمبرَسر

وال میٚےٚ ژٕ پاپہٕ شاپہٕ باٗری
گوش تھاوتےَ سائنی زاٗری

چاٗنی کرٕ پایہِ وِشواس نیران
گلزارن پوشہِ پھوٗلتی شیران

کرَے پوٗزاہ دِتَم اَنہٕ واٗری
گوش تھاوتےَ سائنی زاٗری

☆

# مۄر آمُت ہۄر زٕدٕ ہے

مۄر آمُت ہۄر زٕدٕ ہے
گُمتی پَرگاٮ۪لی بَدٕ نٕسے

وَتے چھُس رووُمت ماٲج بۓ
بٔنُم رٔہبر ژٕ سۄ ہم سۄ

وُنٕ منٛزٕ چھُس گوٗمُت اوٗن بۓ
گٹہٕ کارُک انہٕ مےٚ تہٕ چھُے

چھُنٕن چھارَن لگان چھُس بۓ
بٔنُم رٔہبر ژٕ سۄ ہم سۄ

پرٛکاش ترٛاوُم پنُن مےٚ ژٕ ے
مےٚ شیرُم کرٛمہٕ کھُری ماٲجی

سدٕچ نظراہ مےٚ تھاوُم ژٕ ے
سَتکہٕ پرٛ بھاوٕ سۄ ہم سۄ

مَنگان یُس یی دِوان تَس تی
فَرق آمژ چھےٚ مَنگہٕ نٕچی

توٗ گُم منگُنے مےٚ نا ے ماٲجی
دَتٕم درشُن مےٚ سۄ ہم سۄ

مےٚ کاس زنمادِ زنمن ہٕنٛز ہان
وَنٛدے زُوجان مےٚ چھُم اَرمان

ژٕ ماتا پانہٕ چھکھ گونہٕ وان
گوٗان ترٛاوٕ پرٛان سۄ ہم سۄ

یِتَم دیوی دِتَم ورنوٗن
کرَے پوٗزا تہٕ پوشہٕ وَرشُن

مَنگان وِشواس ژٕ ےٚ شوب دَرشُن
دِتَم سنموکھ ژٕ سۄ ہم سۄ

☆

# ڈبکہٕ دبد ماج میأنی

ڈبکہٕ دیٔدِ ماجہِ میأنہٕ ڈبکہٕ بڑ شکھتی چھم چأنی بُھتی مے درشُن ہاو
سنموکھ یم مے ماج کاستم سختی چھم چأنی بُھتی مے درشُن ہاو

زمن ہنز گرٛند کتہِ چھم تہٕ شُمار کرِ ناوِ تارِ بھوٚسرِ چونے ناو
پرٛ ھ چھم پرٛ ھِ چانہِ ستی پزاوِ مُکتی چھم چأنی بُھتی مے درشُن ہاو

دَر دِل بُھتن چون چھُے تھانے بُھتہِ بھاوٕ گیانہٕ وان پوٗز زیٚے کران
رأچھ چأنی بُھتن راکِھسن سختی چھم چأنی بُھتی مے درشُن ہاو

کھہنہٕ کھہنہٕ وَنہٕ یأے مَنہٕ واسناییے ماجہِ اَمبیکاییے جَے جَے کار
واس گَر مے ہرٛ دیٖس خاص ہاوٕ یتی چھم چأنی بُھتی مے درشُن ہاو

لولہٕ کٔے سۆ دراہ چھُس موٚ دُر اَمر بتھ چاو تم دٕامہٕ دامہٕ شُر چھُسے چون
چتھ ترٛسیو چانہِ ویرِ پزاو ناو تَم گتی چھم چأنی بُھتی مے درشُن ہاو

☆

# کوٗٹھ قلم أچھ ہے پوشنأوی زٕم

کوٗٹھ قلم أچھ ہے پوشنأوی زٕم مأج مے رٔزی زٕم سہاییَس
یم تہِ چھم تم وارِ تھأوی زٕم مأج مے رٔزی زٕم سہاییَس

ہی بھوأنی دِم مے موٗدرِ وأنی گرٕھی مے چأنی بُگھتی پوٗر
بُگھتے بھاوِ دَرشُن میٚے ہأوی زٕم مأج مے رٔزی زٕم سہاییَس

پاٹھ تے پوٗزٕ بےٚ کینٛہہ ناے زانےٚ زانےٚ بَس مأج چونےٚ بجر
سےٚ بجر مأ جاے سُور مےٚ تھأوِزٕم مأج مے رٔزی زٕم سہاییَس

چھکھ ژٕ پانےٚ سیٚدِ داترٕی سبد کرُم مے مأج وأنی
رِتی گون دِزٕم گونہِ وان تھاوُم مأج مے رٔزی زٕم سہاییَس

یُتھنےٚ پیٚمےٚ مأج کوٗتھِ زانٛہہ مٹہِ ژٕے ہےَ چھِی میأنی بار
بھوِ سَرس پانہِ تارِ تأری زٕم مأج مے رٔزی زٕم سہاییَس

میأنی وٕنتی بوزُم مأجی روز ترٕے یَس نکھِ سَروِدا
وِشواسس پانہِ موکھ ہأوی زٕم مأج مے رٔزی زٕم سہاییَس

☆

# کیرتن چونے ہر دم کرٕ ہا

کیرتن چونے ہر دم کرٕ ہا
دِم ترٛتھ بُگھتی شارِیکا جی

سُمرن چأنی پھران مرٕ ہا
دِم ترٛتھ بُگھتی شارِیکا جی

ننتھ پٔژ بھاتن پربت واتہٕ ہا
تتہٕ ژیےٚ پٔژ کرم کرہا بے

یاترٛی ستی ہتھ لیلایہٕ پٔرٕ ہا
دِم ترٛتھ بُگھتی شارِیکا جی

مأج اَردِ راتن اُچھ بہٕ مژرٕ ہا
شو دِ منہٕ کرٕ ہا چونے دھیان

بُگھتی بھاوٕ کی بہٕ شلوک پٔرٕ ہا
دِم ترٛتھ بُگھتی شارِیکا جی

وَتہٕ نےٚ چانٛہن گُل وَتھرٕ ہا
واکن چانٛہن رَچھِ کرٕ ہا

رونہِ دامانس ژےٚ جالارٕ کرٕ ہا
دِم ترٛتھ بُگھتی شارِیکا جی

کن چأنس شرٛونی شرٛونسے تھوٕ ہا
پمپوشہِ پادَن دِمہٕ ہے میٹھر

شیرَس چأنس پوٗزا کرٕ ہا
دِم ترٛتھ بُگھتی شارِیکا جی

چانہِ اَنوگرٛیہہ ستی بھوٕ سرٕ ترٕ ہا
وَیتارنی ندی ژٕرے مےٚ دِکھ تار

سورگس پھیرُ ناہ گنٛدُ ناہ کرٕ ہا
دِم ترٛتھ بُگھتی شارِیکا جی

داسَن ہُند داس چون چھُس وِشواس
جاے دِم پٔنٛنہٕ پادَن تل

مَس روزٕ پوٗزِ چانہٕ بَس چھُم سے طماہ
دِم ترٛتھ بُگھتی شارِیکا جی

☆

# چَنٛدٕ چھوٗن مَنٛدٕ چھان

چَنٛدٕ چھوٗن مأج بَنٛدٕ چھُس مَنٛدٕ چھان
وونٛدٕ چھُم کرٛیشان دَرشنہٕ ہیٚے
تالس زیوٚ لُجٕم وُٹھ چھُس پھیشان
وونٛدٕ چھُم کرٛیشان دَرشنہٕ ہیٚے

پوٗزِ پوش لاگےٚ دھیانہِ دھارناییٚ
چانہِ مایاییٚ جَے جَے کار
پیش چھےٚ دودٕ ٹوٗرمیوٗن ہےٚ زُوتہٕ جان
وونٛدٕ چھُم کرٛیشان دَرشنہٕ ہیٚے

مہا شکھتی چھکھ ستٕ شِوٕ ناتھس
آدِ شکھتی شنکر پیٛوس ناو
گُل گُن لنجہِ بون موٗل ہیٛوٗر لامکان
وونٛدٕ چھُم کرٛیشان دَرشنہٕ ہیٚے

ساسہٕ ناوٕ پنٕنۍ چھکھ گُنۍ چھکھ شکھتی
بُکھتی رَسہٕ کے امرِتھ مےٚ چاو
سہایتَس روزتم بَنہٕ یتھ بہٕ گونہٕ وان
ووٚنۍ چھُم کرٛیشان دَرشنہٕ ہے

کاٗلی چھُم نیرُن یِیمہِ سمسارے
پَننہِ دَربارٕ منٛزٕ کڈِ زیٚم نہٕ زانٛہہ
شُر چھُس چونٕے سُے چھُم گُمان
ووٚنۍ چھُم کرٛیشان دَرشنہٕ ہے
پوٗزِ پوش لاگےٚ ژاٗری ژاٗری جان جان
ووٚنۍ چھُم کرٛیشان دَرشنہٕ ہے

ماٗج بھوانۍ یِزۍ رُکنۍ تم پورش بھاگیہِ وان
وِشواسہٕ یم پَران چھہِ چاٗنۍ لیلا
دِم بہٕ دُنیا سوکھ تہٕ مان، بہٕ عُقباہ نِروان
ووٚنۍ چھُم کرٛیشان دَرشنہٕ ہے

☆

# رۄو

سُمِو وِگنو کرَو آرَے دوہ تارَے رۄو کرَو
یہِ چھُ دُنیاہ بأزی گارَے دوہ تارَے رۄو کرَو
ژھوٗنڈ مےٚ سورُے سمسارَے پارے دارناپے دڑاو کینٛہہ
چھِس بجا تام لاچارَے دوہ تارَے رۄو کرَو
دۄرِ دۄرے پوشہِ چمنَن وٕنی دِژأیم یارٕ سے
بَرٕگمتی گُل پتہٕ چھِ خارَے دوہ تارَے رۄو کرَو
ہی تہٕ مَسوَل ژھایہِ رِگتہٕ نے گرٛایہِ ماران تےَ رِگنٛدان
ہَرٕدِ واوَن گرِکھٕ پارَے دوہ تارَے رۄو کرَو
شامہٕ سوٗندرَن پَننہِ مورلی وارٕ دۄپنَم تھاو کن
وَنتہٕ رادھأے کوٗت پژارے دوہ تارَے رۄو کرَو
کامیدنن ہول گوٗمُت لول گٔنِتھ چھکھ تھٕنزٕ مارے
وٕنی دِوان چھَس وارٕ وارَنے دوہ تارَے رۄو کرَو
وِشواس راوِیاٗء تھِپھ گٔرِتھ چھُس گیتا جی وَنَن وول سَدا
لکھِمی نَرایَن گرڈَس سوارے
دوہ تارَے رۄو کرَو

☆

# داغ ہاوے مأج بھوأنی

سینہٕ منٛز رِتھ داغ ہاوے ژیٚ ہے ہاوے مأج بھوأنی

کیٛاہ کیٛاہ ہےٚ وتھران آس باوے ژیٚ ہے ہاوے مأج بھوأنی

پادِ کملن تھچھ کرے دامانہٕ رَٹے مأج ژیٚ دامانہٕ رَٹے

ہرٛ دیہِ مَندرس جاے شیرتھ آیتن چھے ژیٚ ہے ہاوے مأج بھوأنی

ژرٛ وُژرِ ژرٛانےٚ پان پُنُن فرشہِ کنہٕ وُتھرے ژے مأج

اَشہِ وانے پاد ژے ناوے ژے ہے ہاوے مأج بھوأنی

چھوٚن تہٕ نوٚن زَنمس ہےٚ آمت مأج آمت شُر ہےٚ چون

ناو ہسوان چھُس بکھتہِ باوے ژیٚ ہے ہاوے مأج بھوأنی

چھُم مے کیٛاہ سنٛز ژ ہتھ ہےٚ زَن ارپن کرے اَرپَن کرے

پی ژےٚ دُیتھم پیش تھاوے ژیٚ ہے ہاوے مأج بھوأنی

بکھتی امر ہتھ ژے مے چاوُم پوشناوُم سُے سدا

ہتھ عیال تھوُم خوش حالے ژیٚ ہے ہاوے مأج بھوأنی

وِشواسہٕ چانے گُلی چھِ بولان اُنی چھِ وُچھان شالمار

چأنی گون ہٕتی گُنزراوے ژیٚ ہے ہاوے مأج بھوأنی

☆

# بالہٕ کرٛشنو لولہٕ کوِیتایے

بالہٕ کرٛشنو لولہٕ کوِیتایے     بہٕ ہَساۓ لیکھَے چانہِ دَیایے
بہٕ ہَساۓ وٕہٕرِش چاۓنی مایے     بہٕ ہَساۓ لیکھَے چانہِ دَیایے

بالہٕ کرٛشنو یِتہٕ سون پانٕے     رادِھکایے وَنتہٕ کانٛہہ بہَانٕے
یُتھنہٕ وَنہٕ ہاۓس ووُنُم کونزایے     بہٕ ہَساۓ لیکھَے چانہِ دَیایے

بہٕ ژٕے پرٛارے بنٛد رابنٕے     چانہِ باپَتھ موٚٹھُمت مےٚ کھبنٕے
یِتہٕ کھیٛاوتم لگہٕ ہےَ بَلایے     بہٕ ہَساۓ لیکھَے چانہِ دَیایے

مےٚ تہِ ہاوتَم ووٗنۍ ژٕ شوٗبہٕ دَرشُن     مَنہٕ ژٕے کرَے پمپوشہِ وَرشُن
رٕپھ ژوٗترُ بوٚز ہاوُم یَرٛھایے     بہٕ ہَساۓ لیکھَے چانہِ دَیایے

ژٕیےٚ وَنان چھِی شنٛکھ ژٕ کرداۓری ژٕیےٚ آسہٕ وٕنۍ گرڈٕ سواۓری
وَکھنٕے گرِتھ ویدٕ ماتایے     بہٕ ہَساۓ لیکھَے چانہِ دَیایے

گیتاجی بارٚسس اَنٛ تھٔن    لِپت أسی گاٛمڑ پاٛدٔ بیٛہٕ گرٕتھٔن
ٹاٹھِس ارزتس باٛوتھ یژھایے    بہٕ ۂسأ لیکھے چانہٕ دٔیایے

کن تھاوُم بوزُم زارٕ پارٚے    یہٕ چھُ سمسار بۄڈ بأزی گارٚے
درِ سٕے یٚس گنہٕ چاٛنی مایے    بہٕ ۂسأ لیکھے چانہٕ دٔیایے

وِشواسس بۄڈ ژٕے چھُکھ وِشواس    سارِنٕے خبر گووِنٛدٕ ژٕے میٛون خاص
ہاوُم درشُن بجہٕ بارگاہے
بہٕ ۂسأ لیکھے چانہٕ دٔیایے

☆

# مےْ ہَسأ میلبم آدنُک یار

شیرِ خاَمَس پوچھَر میلبم
مےْ ہَسأ میلبم آدنُک یار
غم چھُنہٕ یوْ دسمسار گیلبم
مےْ ہَسأ میلبم آدنُک یار

مَنہٕ ڈَلہٕ ہے مےْ پھولن پمپوش
شیرِ لاگس گووِنٛدٕ ہے
مَرِ رادھایہِ ستیٛ راس کھیلبم
مےْ ہَسأ میلبم آدنُک یار

سۆہَم سۆ پَران سُے بولبم
ٹأٹھ چھَم چأنی ٹأٹھ بُکھتی
بُکھتی ہتھ گیان دھیان شولبم
مےْ ہَسأ میلبم آدنُک یار

تھَنہٕ پننہٕ وِزِ وعدٕ تُمےٛ دیُتمت
رأچھدَر ژٕے پانہٕ روزَے
سۆہَم سۆ تارِ ژِ تولبم
مےْ ہَسأ میلبم آدنُک یار

وِشواسہٕ تہٕنٛدِ لس چھُ میٛون ساہِ
تیٛم سالَس یَژھ پَژھ چھَم
بہٕ نہٕ ووپرَتَس میٛہمان بولبم
مےْ ہَسأ میلبم آدنُک یار

☆

# کرٚشنَس دِموٗنی بنہِ گتی

۹۱

لولاہ گنیومُت مُتی گیہِ مُتی — کرٚشنَس دِموٗنی بنہِ گتی
نٔژوے اسہِ وَے تسی پُتی — کرٚشنَس دِموٗنی بنہِ گتی
پوٚزایہِ لاگوس جان پُٹن — کتہِ نَس چھُ اسہِ گژھِتی نوٚن
وَرشُن کروس پوشو ستی — کرٚشنَس دِموٗنی بنہِ گتی
تَس مایوانِ از یاد میٚون — شیران سٕہ مامیٚون کرمہٕ لون
دَرشُن دِیم بکھتی سیٚتی — کرٚشنَس دِموٗنی بنہِ گتی
وَق تھکھ دِھَن تُرٕ بڑٕ اَژ چھُم — پڑاران چھُس کرسون تیٚم
رادھا ہیتھ اَڑِ لوتہِ لوتی — کرٚشنَس دِموٗنی بنہِ گتی
شَر چھُم دِلَس بہٕ تہِ بوزٕ ہا — مورلی تسُنز رِنٛدٕ روزٕ ہا
گیتا وَنِم دِتھ سَرسوٚتی — کرٚشنَس دِموٗنی بنہِ گتی
سمسار چھُ کیاہ تی سارَ ونِم — پانٔے چھُ سورُے تیٚ وَنِم
لےٚ چھُم تندٕ بن پمپوشہِ پادَن ستی کرٚشنَس دِموٗنی بنہِ گتی
بالہِ کرٚشنَس چھُس پوٚزاہ کرَان — زَنمہٕ دٕبن مَناوان وزت دَران
وِشواس کران تَس اَستوٗتی
کرٚشنَس دِموٗنی بنہِ گتی

☆

# بالہٕ گۆپالو چانہٕ لیلایے

بالہٕ گۆپالو چانہٕ لیلایے　　بہٕ گیوٚوے مےٚ ہسأ چھم چأنی ماے
بہٕ وَنٛدے زُوجان چانہٕ بارگاہے　　بہٕ گیوٚوے مےٚ ہسأ چھم چأنی ماے

واسدیو دیٖوکی نَنٛدن پانے　　سون پیٖیہٕ پانے جانانے
مور مُکٹ دآری ماران گڑایے　　بہٕ گیوٚوے مےٚ ہسأ چھم چأنی ماے

ژوٚدہَن بھوٚنَن ہُنٛد پانہٕ راجے　　دُشٹَن سمہار کَرنے آو
وِیدَن ہُنٛد سار مَنٛز گیتایے　　بہٕ گیوٚوے مےٚ ہسأ چھم چأنی ماے

شرٛی رام اوتار پیٖلہٕ ہسأ دوٗرُتھ　　شنکھ، ژٔکرٕ، شیشہٕ ناگ بارٕنی چأنۍ
نمسکار بھوٗمہٕ کایے ماجہٕ ستایے　　بہٕ گیوٚوے مےٚ ہسأ چھم چأنی ماے

مَتھرایہٕ جیلہٕ زاکھ یلہٕ گٔیہٕ [illegible]دھأری　　ساکھشات بھگوان وِشنو آکھ
گۆکلہٕ رۆچھنکھ ماجہٕ جسدایے　　بہٕ گیوٚوے مےٚ ہسأ چھم چأنی ماے

پۆتنا زَہر دود چاوِنی ژیے آیے   اَکہ ژہہ راکھسینہِ کَڈی تھَس پڑان
گۆرِ بلیہِ چانہِ ملیہِ وَچھ ژٹان دژایے بہ گبوَے مےٗ ہَساٗ چھَم چاٗنی ماے

ژودِ ہَن وٗری یَن بوٚر تھَس لولاہ   ہاٗوتھَس کھیلا بالہِ پانچ
جَسدایہِ رامہِ وَقتچہِ کوشلیایے   بہ گبوَے مےٗ ہَساٗ چھَم چاٗنی ماے

کنُس بار کھوٚت گوبہِ گوٚب پاٗنس غَم ژ‎ٗرے کتہِ غمہِ روٗس بھگوانس
کال بُتھ آہَس نماہ کالایے   بہ گبوَے مےٗ ہَساٗ چھَم چاٗنی ماے

گُلس پیٹھ بھگولہِ میاٗنِ چھے زاٗری   کاسٔتم دوکھ داٗدِ غَم ساٗری
پوٗرن کرتم منہِ کامنایے   بہ گبوَے مےٗ ہَساٗ چھَم چاٗنی ماے

وِشواس ژِ تھدِ تھوٚد مےٗ تہِ تھاو وِشواس گۆوِندِ وندِ مےٗ تہِ پٗنن سوٗدھام خاص
ہاوتَم درشُن تیمی کایایے
بہ گبوَے مےٗ ہَساٗ چھَم چاٗنی ماے

☆

# مَنہٕ مَنٛز تھٕوِتھ سٕے موٚنہٕ پھوٚل

مَنہٕ مَنٛز تھٕوِتھ سٕے موٚنہٕ پھوٚل — لَلہٕ وُن ژٕ پانہٕ وَیسہٕ یِٲے
جِگرُک مَندر سجاٮ۪وِتھ — پٕزاچھہٕ جان وٮ۪سہٕ یِٲے
اَصلس موٚلے موٚلُل چھُے — چَنٛدٕ چھوٚن تہٕ نیرٕ بازر
سوٚمبراو ژٕ پاپی یِٲے — بَنہٕ بوٚڈ خزانہٕ وٮ۪سہٕ یِٲے
پانَس نِشی ژٕے چھُے یار — گژھ دورِ اَژھٕ ژٕ بازار
مُلی ہٮ۪ن تہٕ بَن طلبگار — دُردانہٕ پانہٕ وٮ۪سہٕ یِٲے
گٹہِ مَنٛزٕ چھُ گاش ترٛاوان — ہَر سوٗ پرٛکاش تھاوان
پرٛزلان چھُ پانہٕ ہَرسوٗ — سُہ مِہر تابان وٮ۪سہٕ یِٲے
گیسو درٛازٕ ژٕمی ہے — شہمارٕ کِتی اوٚیزان
چشمَے تِمِس چھہِ مَستانہٕ — چھُس تھوٚد مُقام وٮ۪سہٕ یِٲے
زٕہنہٕ گرٕہ مے گوم ترٛاوِم — مایایہٕ نٮ۪ندر ساٮ۪وِتھ
روٗمُت لبُن چھُم تیٚلی جان — ژھارَن بہٕ پانہٕ وٮ۪سہٕ یِٲے
پھولہِ گُنہٕ تہٕ چون گُلستان — وِشواسہٕ چٕے دامہٕ میخان
مُشکٕنی اَمبر چھُ چھکران
صُبحہٕ واو دَوان وٮ۪سہٕ یِٲے

☆

# نیٚتی پڑ بھاتَن

نیٚتی پڑ بھاتَن واءِ گرشھِ وَن  گنشیامَس میۄن پڑنام
لچھِ ناوِس موٗکھِ دامَس  شرٕ رامَس میۄن پڑنام

گچھِ گُٹھِس چھُم گچھِ مےٚ کۆرمُت وۆت بےٚ دۄرمُت چھُم تَسُند
ناد لایَس اَردِ راتَن  پَرمہٕ دامَس میۄن پڑنام

میانہِ ونتی یہِ نیٚتی ژٕ باوُس  چارٕ کیاہ چھُس تھاوِکن
کُل جہانَن ہُند سُہ بھگوان  تَس بھگوانس میۄن پڑنام

یُس ژۄتُر بۆزرٕ پھ دأرِتھ  شیشہِ ناگ چھُس چھترٕ ژھاے
شَنٛکھ ژٕکرٕ گدا پَدم یَس چھِ اَستر  تَس اِشرس میۄنے پڑنام

اۄنمُت وۄجوٗدس تیٚمی برٕہما  سُے چھُ پانے شِوٕ ناتھ
اَکھنڈ برٕہمانڈ اۄمکار سُہ پانے  تَس اوٗمَس میۄنے پڑنام

تیٚمی چھِ گٔنٛز مٕژ گوٚپین سٕتۍ      راسہٕ لیلا مَس گرٛشِھتھ
پھیٛورمُت ڈنٛڈک وَنٛس یُس      تَس رامہٕ ژٔنٛدرَس میٛونٔے پرٛنام

راکِھسن تیٚمی پانہٕ کوٚر کھبے      بار بھوٚمِکایہِ وولنَے
کامدیٖنہٕ رَچھمٕژ تیٚمی چھِ پانے      تَس کامدیوَس میٛون پرٛنام

وِشواسہٕ یَنٛدِ سٕتۍ زِنٛدٕ روٗزِتھ      رِنٛدٕ پَکان دَر زِنٛدگی
رأچھدر یُس پوشہِ چمنَن
تَس باغوانس میٛون پرٛنام

☆

# آمُت زَنمس پانہٕ بھگوان

96

شِوناتھ چھُ کران تیمی سُند دیان        آمُت زَنمس سُہ پانہٕ بھگوان

چھس سکھی رادھے پانہٕ مہان

آمُت زَنمس سُہ پانہٕ بھگوان

واسدیو رازَس سونہٕ دَستار        دیوکی ماتایہِ اَنمول ہار

دیوتاہ سورگہٕ آیہِ پۆزاہ کران

آمُت زَنمس سُہ پانہٕ بھگوان

ئوش وۆتھ باژَن دون دۆ پُکھ مارِبس، یۆدوَے بۆزِ کنُس کتہِ سُہ پژاربس

وَچھ ژٹان دوشوے وُٹھ پھیشان

آمُت زَنمس سُہ پانہٕ بھگوان

بالکن حال وُچھ بَبس ماجہِ ہُنٛد        زیۆ پَننہِ وونکھ شُر چھُس تہُنٛد

پانہٕ ہری پانے کرۆ دِ کلیان

آمُت زَنمس سُہ پانہٕ بھگوان

قاًد خانہٕ ہے مَنز ماًج تےَ مول  دَرشُن دیتُکھ بوٚمرنکھ لول

دوٚرگت کنسس کتہِ روزِ مان

آمُت زَنمس سہ پانہٕ بھگوان

واسدیو رازَس پانہٕ وونَس  ووٚتھ واتناوُم ہِندرابنَس

نَنٛدٕ گوٚر جَسدا تتہِ پزاران

آمُت زَنمس سہ پانہٕ بھگوان

جَسدا ماتایہِ تتہِ زایہ کوٚر  اَنِن یوٚری سوے تُلہِ کنسس گیٚور

بالکس بالکا تھوِیوٚن سَندان

آمُت زَنمس سہ پانہٕ بھگوان

شیٚشتر بیڑہن بنہِ یہِ پوشہِ ہار  وبسرِ ڈیڈی واًنی گیہِ نہٕ ببدار

یلہٕ گیہِ دارِ بَر کھُلہٕ قاًد خان

آمُت زَنمس سہ پانہٕ بھگوان

ہِندرابنہٕ گوکلہٕ گرِتھ کھیلا  گوٚپین ستی گنٛزرِتھ راسہٕ لیلا

یِنٛدرَس ووٚلتھ تتہِ ابھِمان

آمُت زَنمس سہ پانہٕ بھگوان

ژھال مأر بالکن جمنایے          کألی ناگس نٕتھ ژایے

جَمنایہِ منٛز کٔڈِکھ بخشنٕس پرٛان

آمُت زَنمس سُہ پانہٕ بھگوان

ژودٲہہِ وِہرِ دژاو متھرایہِ کُن          سورگس اوسُس کنٕس سوزُن

کرٛشنہٕ کرٛشنہٕ پرٛان ترٛاوِ کنسن پرٛان

آمُت زَنمس سُہ پانہٕ بھگوان

کورَو تہٕ پانڈو وٕنٛژنأوِن          دوشٹن راکھسن مول گأرِن

ودِوتھ نوٚن وونُن گیتا گیان

آمُت زَنمس سُہ پانہٕ بھگوان

وِشواسس بوز زارٕ پارٕے          وأنٛس گیَم پرٛاران کوٗت پرٛارے

سنٛموکھ یِم ووٚنی چون کرٕ دھیان

آمُت زَنمس سُہ پانہٕ بھگوان

☆

# گاش پھۆل گاشر گٹہ گیہ دۆر

گاش پھۆل گاشر گٹہ گیہ دۆر لَلہٕ وُن مَنز مَنہِ چھُم ہے تھَنہِ ژۆر
ساسہٕ بُدی بھاسکر اُمی سُند نۆر لَلہٕ وُن مَنز مَنہِ چھُم ہے تھَنہِ ژۆر

شامہٕ رپہ کامدیو زگہٕ پالان پاپ شاپ بُکھتین ہندی گالان
دیوکی تہٕ جَسدایہِ ہُند کنہٕ دۆر لَلہٕ وُن مَنز مَنہِ چھُم ہے تھَنہِ ژۆر

مُرژ چھسَے رادھِکا چانہِ مایے ژھاران وأژسَے جمنایے
گۆرٕ بالکن ستی کور دژا کھ دۆر لَلہٕ وُن مَنز مَنہِ چھُم ہے تھَنہِ ژۆر

گۆپی پژاران بندرابَن مَنہٕ کَنی گاران مَن موہَن
لول چھُکھ لولہٕ چانہِ ما گرِژھکھ سۆر لَلہٕ وُن مَنز مَنہِ چھُم ہے تھَنہِ ژۆر

بے خوف ژھاران جایہِ جایے اَسی چھے وَجہژ چانہِ مایے
مَنزی یوان سنموکھ مَنزی گرِژھان دۆر لَلہٕ وُن مَنز مَنہِ چھُم ہے تھَنہِ ژۆر

جَسدا ماتا کأژاہ چھےٚ شاد  چانہِ پُژھ بوزان لوٗکہٕ اپواد
ژوٗر چون گوٗپال چھُ ٹلان گیٖوٗر  لَلہٕ وُن منٛز مَنہِ چھُم ہےَ تھَنہِ ژوٗر

چھکران دود ژوٗرِ تھٲنٛز چھُ نِوان  چھُہٕ لگان اَتھ یام رَٹُن چھن ہوان
کھبتھ چتھ بیٖیہِ کران بَرکت چھُ پوٗر لَلہٕ وُن منٛز مَنہِ چھُم ہےَ تھَنہِ ژوٗر

ساکھشات چھُم گووِنٛدٕ اَوتار  اَتھِ تھکان پانٕسے یوٚد دِمَس مار
سُکھِیو وٕنی توم کھارِ کس قصوٗر  لَلہٕ وُن منٛز مَنہِ چھُم ہےَ تھَنہِ ژوٗر

وِشواسہٕ بوٗزِو کوتاہ چھُ جان
تھَنہِ ژوٗر کیشو چھُم بھگوان
وِشنو سُنٛد یہ ہےَ اَوتار پوٗر
لَلہٕ وُن منٛز مَنہِ چھُم ہےَ تھَنہِ ژوٗر

☆

# دیوکی تھنہٕ پوٚ کرٛشنہٕ بھگوان

دیوی تہٕ دیوتاہ زورٕ ونوان دیوکی تھنہٕ پوٚ کرٛشنہٕ بھگوان
وِگنہِ اَژھٕ رَژھٕ پھِٹے اسان تہٕ وِسان دیوکی تھنہٕ پوٚ کرٛشنہٕ بھگوان

بھاڈُر گٹہٕ پچھ لُج اُٹھم راژ منٛز نوٚن ییٚلہِ دژاو ژنٛدرم
قاٗد خانہٕ سے منٛز زاو گوٗنٛد دیوکی تھنہٕ پوٚ کرٛشنہٕ بھگوان

واسدیو دیوکی گیہ پریشان بوزِ ییٚلہِ کنُس ہیٚیہِ بالکس جان
بالُک اَسنہِ لوٚگ ٹھاہ ٹھاہ کران دیوکی تھنہٕ پوٚ کرٛشنہٕ بھگوان

ژوٚتُر بوٗز نارایَن رٕپھ ہوونکھ شنکھ ژکرٕ گدا پدم سارتھوونکھ
خوش گیہ دوشوٚے تَس روٗد وُچھان دیوکی تھنہٕ پوٚ کرٛشنہٕ بھگوان

پمپوشہِ وُٹھوٚے وونکھ تمی نَندٕ گوٗرُن نِیوٚم جَل جَل وُنی
جَسدایہِ کنیا زایہِ اُنھوٚن سَندان دیوکی تھنہٕ پوٚ کرٛشنہٕ بھگوان

قأد خانہٕ ہے مَنز ترٛیشوٚے بأٹز        دارِ بَر بَند اُسی یَلہٕ گیہٕ رأژ
شُرتُلُن مأٔلی پَنُن کوٚرُن پرستان        دیٖو کی تھَنہٕ پیوٚ کرٛشنہٕ بھگوان

جمنا مایہٕ سان اُس پرٛاران        واسدیو راژس ہیٚوٗر رکھسان
پادلوٚگُس بالکن جَمنا اَسان        دیٖو کی تھَنہٕ پیوٚ کرٛشنہٕ بھگوان

جاے ترٛأو جمنایہٕ ہیٚوٗرتہٕ بون دزٛاے        واسدیو راژ توٗر واپس آے
نَندٕ گوریُن ووٗت اَسان گِندان        دیٖو کی تھَنہٕ پیوٚ کرٛشنہٕ بھگوان

جَسدا بے خود اُس پیٚمٕژ        تَس اُس یوٗگہٕ مایا زامٕژ
بالکس تجُن کڈیا دزٛاو خوٚشی سان        دیٖو کی تھَنہٕ پیوٚ کرٛشنہٕ بھگوان

پرٛھی اُٹھم زاوسون بھگوان        وِشواسہٕ تَس چھُ پوٗزاہ کران
ہاوِ شوبہٕ دَرشن گرٛھِ میٚہربان
دیٖو کی تھَنہٕ پیوٚ کرٛشنہٕ بھگوان

☆

# ہَرِ شِوٕ شَنکر مَنہٕ پَرناوَتم

ہَرِ شِوٕ شَنکر مَنہٕ پَرناوَتم    سَنموکھ باوَتم امرہتہٕ کَتھ

چھُکھ ستی شکھتی یتہٕ وہرٛناوَتم    سَنموکھ باوَتم امرہتہٕ کَتھ

ییٚتہٕ روزِ تتہٕ روزِ ستی پکناوتم    زانٛہہ مَتہٕ ترٛاوَتم مَشربہٕ سے

شِوٕ شِوٕ سوٗہمہٕ باوٕ تِھچھ تھاوتم    سَنموکھ باوَتم امرہتہٕ کَتھ

مَٹہٕ چھےٚ پاٛنَس گوٚب یالوٚت آسی ناو پکناوِنی میأنی چھےٚ ژیےٚ

تار دِم بھوٕسرٕ شِوٕ دھامہٕ ترٛاوتم    سَنموکھ باوَتم امرہتہٕ کَتھ

چانہٕ ستی سمسار سار اوٚم ژٕ پانےٚ    میٲنہِ بھگوانے زیپہٕ چون ناو

وأنسہٕ گیٖم پرٛاران ووٗنی موکلاوتم    سَنموکھ باوَتم امرہتہٕ کَتھ

مُستی منٛز بہتھ ہستی ژٕ پانے    بھولے بَم بَم چھِی وَنانےٚ

وِشواس ژٕ زلتس سُمرنہٕ تھاوتم

سَنموکھ باوَتم امرہتہٕ کَتھ

☆

# دَیہِ ہاوتم سَتۂ چی وَتھ

سُلہِ ٹُلتم وِزِ وُزٕ ناوتم
دَیہِ ہاوتم سَتۂ چی وَتھ
مَنٕہ منکل شٕہج شولہٕ ناوتم
دَیہِ ہاوتم سَتۂ چی وَتھ

ژٕہتہٕ ژٕہنتن مےٚ تہِ کرناوتم
تَنٕہ مَنٕہ پَرٕ سوٚ ہم سوٚ
مَنٕہ مَندرس اوٗم کھنہٕ ناوتم
دَیہِ ہاوتم سَتۂ چی وَتھ

شِو پَنٕنی سُمرتھ تھاوتم
مَنہِ پھٲلِ یم مَنٕہ ہے منٛز
سَرتل چھُس کُنٛدن بناوتم
دَیہِ ہاوتم سَتۂ چی وَتھ

ٹاٹھِ یم چھِ چانٛی تہندِ پاسہٕ ہاوتم
سَنموکھ دِتہٕ شوبہٕ دَرشُن
پوٗز چانٛی کرٕ مےٚ قبوٗل تھاوتم
دَیہِ ہاوتم سَتۂ چی وَتھ

شیشہِ ناگس پیٹھ چھُ چون آسن
ہیتھ لکھمی جی چھُکھ نرایَن
ناوٕ وِشنوٗ ژٕ باو بڈٕراوتم
دَیہِ ہاوتم سَتۂ چی وَتھ

# مَنہِ مَنٛز للہٕ وَتھ

مَنہِ مَنٛز للہٕ وَتھ پَرمہٕ شِوٕ پانےٚ  نوٗرِ نوٗرانےٚ کرَ ے پوٗزا
نوٗرِ نوٗرانےٚ بۄزِ مَستانےٚ  نوٗرِ نوٗرانےٚ کرَ ے پوٗزا

شکھتی ہنٛدے پرٛیمہِ خَزانےٚ  بُگھتی ٹاٹھ چھےٚ بُگھتین ہنٛز
چھُکھ ستی شکھتی شِو چھِی وَنانےٚ  نوٗرِ نوٗرانےٚ کرَ ے پوٗزا

اومکار سرُوپہٕ چھُکھ ژور وید پانےٚ  سِرکیہِ چھےٚ پرٛزلان چانہِ جیوتہِ ستی
برٛہما وِشن چانٛی پوٗزاہ کرانےٚ  نوٗرِ نوٗرانےٚ کرَ ے پوٗزا

نیلہٕ کنٛٹھٕ کُس دیو ژٕ ے ہیوٗ آسانےٚ  یُس چیٚیہِ زَہرس چٕنہٕ اَمرٕتھ
اَمریشورِ چھُکھ ژٕ امرٕتھ پانےٚ  نوٗرِ نوٗرانےٚ کرَ ے پوٗزا

بھگوان وِشنو ژٕ ے چھُکھ سورُ ے  ژٕ ے چھُکھ برٛہما ژٕ ے مہیشر
سادَن سنتن تف زَف ژٕ پانےٚ  نوٗرِ نوٗرانےٚ کرَ ے پوٗزا

چانہِ کیرِتی چھُ یمہِ بَیہِ ژلہِ نے کھنہِ ماترس منز بنان موکھ
شاپ تے پاپ سنتاپ موکلاوتم دَیہِ ہاوتم سَتہِ چی وَتھ

ژے برہما، ژے وِشنو ژ بھولے ناتھ شِوِ شنکر
مہا گایتری سنموکھ باستم دَیہِ ہاوتم سَتہِ چی وَتھ

اَبھلاشی چانہِ دَرشنکۍ وِشواس چھُم یِکھ ژ پانے
پرمہِ شِوِ رپہ اومکار باستم
دَیہِ ہاوتم سَتہِ چی وَتھ

☆

اَکھنڈ برٖہمانڈ یا گیہِ دیٖوتاہ ژٕ پانے اوم بھوٗر بھوٕ سواہ گایتری ژٕ ے
ویراٹھ سوٗرۄپس چھی پوٗزانے نوٗرِنوٗرانے کرَ ے پوٗزا

شکھتی بے لوٗث سیوٗک ژیےٚ چھِ بےَ چھے چانی مُستی منٛز
ماتا گنگا شیرِس ژےٚ پانے نوٗرِنوٗرانے کرَ ے پوٗزا

بھولے ناتھ بھگتن ہُند ژٕ پانے جولے بۄیہ بۄیہ چھی ہاتھوانے
پاپ شاپ سنتاپ سائنی ژٕ ہرانے نوٗرِنوٗرانے کرَ ے پوٗزا

وشٕھناوِ کوٗسہٕ زیوٗ چانٛی گوٗن گانے کانٛسہِ چھُنہٕ سامرتھ کری ورنن
اَکھ ژٕ ژاہ کیٛاہ کرِ ژھبتہٕ گرشھانے نوٗرِنوٗرانے کرَ ے پوٗزا

شرٕ رامہٕ سُندُ ے ژٕ ے رامیشور شرٕ رام چوٗنےٚ چھُے اپشر
ترٕن کارنَن میٛل اومکار ژٕ پانے نوٗرِنوٗرانے کرَ ے پوٗزا

کُن تےَ کیوٗل چھی ژےٚ وَنانے بَب مأج یار دوس بأ ے بَند ژٕ ے
وِشواسہٕ دِی ترٕییَس دَرشن پانے
نوٗرِنوٗرانے کرَ ے پوٗزا

☆

# لولہٕ مسہٕ کی پیٲلہٕ برٚس

لولہٕ مسہٕ کی پیٲلہٕ برٚس — مالہٕ کرٚس کوسمن
ہاوِ درشُن اَدِ بہٕ مرس — مالہٕ کرٚس کوسمن
واٗنس سوٚرم تَس بہٕ پٔزاران — بٔرٲنز چھُس تمٕ سنٕزِ زوٗتھ
لوسہٕ وُن دوہ چھُس بہٕ درٚس — مالہٕ کرٚس کوسمن
سونتھ زاو واواہ تُلتھ — گُل پھوٚلتھ دزاو مایہٕ سان
نتھ مایہٕ تمُس سونہٕ کری بہٕ گرس — مالہٕ کرٚس کوسمن
زاو زاٗہد آدی آدی — ساقی مناوان شادی اوس
شیران وُچھم پانٕے سہٕ گرس — مالہٕ کرٚس کوسمن
یار چھم پانس نِکھے روٗزِتھ — کھٕٹِتھ منٛز کوہِ طوٗر
لولہٕ تَس لچھ ناو سورٚس — مالہٕ کرٚس کوسمن
نیرِ نوٗن از یا پگاہ — توٗ کنٛز مے چھم تھوٕمٕتی تیار
لولہٕ واکھ تَس یم بوٗ سرس — مالہٕ کرٚس کوسمن
گُل پھولَن ووٗنی بے شُمار — چمنَن اندر چھم اعتبار

وِشواس چھا وِیٲہ گلزار نہٕ چھا واہ
پوٗز شولس پوٗز اکرس، مالہٕ کرٚس کوسمن

☆

# ورداٚنس پژارس

شِوٕ ناتھس بھگوانس
ورداٚنس پژارس
آنٛنٛد کنٛد یزدانس
ورداٚنس پژارس

پانےٚ تیٚم دِیٚم درشُن
پوشہِ ورشُن بہٕ کرس
تھف چھم تنٛدِس دامانس
ورداٚنس پژارس

لول چھُم تسُنٛد تس چھا خبر
بے خبرس ونم خبر
پادن پہٕمس جانانس
ورداٚنس پژارس

چھس گنگاجی جٕٹہِ جاٚری
مےٚ تہِ واٚری تھاوِ وونی
شرٛان کرنس لولہٕ تھانس
ورداٚنس پژارس

واٚلی ژٕنٛدٕ نکی ناٚلی کنہٕ نے
بسما دھر چھُ سُنٛدٕ بونےٚ
ڈیکہِ ژٕنٛدرمہٕ شوٗبان کیاہ تس
ورداٚنس پژارس

واسک راژ میٹھ وُچھُس دِوان　　نیلہٕ کنٹھ چھُس شۄبان
چشمہِ مَستانہٕ مَستانَس　　وَر دانَس پڑارَس

کیلاشہِ پیٹھٕ یِیہِ سُے سون　　شکھتی ہتھ چھُم ازلہٕ لون
شۄبہٕ ناوبم خاندانَس　　وَر دانَس پڑارَس

پَرمہٕ شِو سُے دِیَم شانٛتی　　لے کربم پانَس ستی
لولہٕ سئدرَس برٛہمستھانَس　　وَر دانَس پڑارَس

وِشواسہٕ چھُم تریلۄکی ناتھ پانے　　روزِ زاری مے بوزانے
شمع روے پَرولانس　　وَر دانَس پڑارَس

☆

# شکھتی تہ شو ینم سالہ ہسے

شکھتی تہ شو ینم سالہ ہسے
بُھتی بَرکھ مَس کھائسی بے

اَشٹا نگ پڑ نام ژامر کرَکھ
بُھتی بَرکھ مَس کھائسی بے

وَتینے وَتھرَکھ پوش بے
میچر ابہِ گرِ سونہ سیرِ نے

اَشہِ وانہِ اَمرہتہ پاد چھلکھ
بُھتی بَرکھ مَس کھائسی بے

سونہ ہنگا سنس کم لال جرَکھ
میزبان بُنتھے پڑارِ ہکھ تمن

ہمپوشہِ ورشُن حُبہ کرَکھ
بُھتی بَرکھ مَس کھائسی بے

کھرِ قندِ بڈی بڈی تھال برَکھ
پاو سان دودِ ٹوری آپرَکھ

نِتیٔہِ نیمہِ پوشہِ پوزاہ کرَکھ
بُھتی بَرکھ مَس کھائسی بے

میہمان مے ہن میزبان بنکھ
لولہ ہوت بے دامَن رٹکھ

پوزاری بُنتھ پوزاہ کرَکھ
بُھتی بَرکھ مَس کھائسی بے

اَندر منگ مَندر پنُن
تتھی منز دیکھ آسَن تھون

گوب بور لوتم آرتھی کرَکھ
بُھتی بَرکھ مَس کھائسی بے

ہرِ ہرِ اوم تت ست پرَکھ
زرِ زرِ مے ژلہِ ییلہِ منہِ سورکھ

وِشواس دِتم بوسرِ ترَکھ
بُھتی بَرکھ مَس کھائسی بے

☆

# مَنگان چھُسےَ ووٕنی دِلَس قرارٕ ے

تھوٗکُس بہٕ پٔرٕ پٔرٕ تھوٗکُس بہٕ لیکھان
مَنگان چھُسےَ ووٕنی دِلَس قرارٕ ے
مےٚ وَنتہٕ کتھِ تہٕ کتہِ ژٕ ے زاگہِ روزَ ے
رٔٹتھ ژٕ سنموکھ بلےَ بہمارٕ ے
سمےَ مےٚ سورٕیوٗم شرٕیر نہٕ بَل
گرٕٹس مےٚ سورٕوٗن چھُ کھارِ ووٕنی پھَل
زَنگن مےٚ پپرٕا کمر بےٚ کارٕ ے
مَنگان چھُسےَ ووٕنی دِلَس قرارٕ ے
دَیان نِشی چھکھ سَدا اژٕ آسان
أچھن اَنٕبرٕ زَن مےٚ چھُکھنہٕ باسان
دِم دَیو درٕشٹی توٕ ے اَپارٕ ے
مَنگان چھُسےَ ووٕنی دِلَس قرارٕ ے
ہی شِوٕ لاگےَ ژٕ ے شیرِ کیٚاہ کیٚاہ
یِتم مےٚ سنموکھ کرٕ ے بہٕ پوٗزاہ

تھَوُم مےٚ منظوٗر یہِ زارٕ پارَے

مَنٛگان چھُسےَ ووٚنۍ دِلَس قرارٕ ے

اَکھنٛڈ برٛ ہمانٛڈ ژٕ چھُکھ ژٕ آسکھ

سَدا شِوٕ ے بَس سَدا ژٕ روزَ کھ

ٲگھتِن کرٛ پالےَ برٛشبَس سوارَے

مَنٛگان چھُسےَ ووٚنۍ دِلَس قرارٕ ے

اَنٛدر سماٗدی یِیمیٚگُ ژٕ عاٗدی

یِتَم تہٕ باسم دِلَس ہاشاٗدی

ژٕ وِشواسؔ زَگتَن ترِٛبھوَنہٕ سارَے

مَنٛگان چھُسےَ ووٚنۍ دِلَس قرارٕ ے

☆

# ماتا لکھِمی سہت نارائنس

ماتا لکھِمی سہت نارائنس

کھنبہٕ کھنبہٕ میون چھے ڈَنڈٕ وَت پرٛنام

پرٛاران دَرشنَس بہٕ وِشنو سروٗپَس

کھنبہٕ کھنبہٕ میون چھے ڈَنڈٕ وَت پرٛنام

ہی ماج لکھِمی ساسہٕ ناو دأری

کرہٕنز یأری یٔژھ مَسے باو

کٹھِنس ژٕ تار دِوان بھوسرِ تاران

کھنبہٕ کھنبہٕ میون چھے ڈَنڈٕ وَت پرٛنام

پمپوشَن پیٹھ آسَن دأری

واس کرِ میأنِس ہرٕ دیَس منٛز

سوکھ تہٕ سمپدا اچھکھ مہیا تھاوان

کھنبہٕ کھنبہٕ میون چھے ڈَنڈٕ وَت پرٛنام

دوشوٕنی طرفن دٕچھِنی کھوٕوری چھے

گجہِ راز کھنبہٕ کھنبہٕ دود باوان

پَنُنو اتھو چھکھ سمپدا بأگران

کھبٔنہٖ کھبٔنہٖ میٔون چھُے ڈَنٔڈٕ وَت پڑ نام

پیٚہہِ لوٗکسِ تےَ پَرِ لوٗکس منٛز
بکھتبن چھکھ ژٕرے پانےَ رَچھان

بوسہٕ دِمےَ پادَن بہٕ تہٕ باگیہِ وان
کھبٔنہٖ کھبٔنہٖ میٔون چھُے ڈَنٔڈٕ وَت پڑ نام

ژوٗتُر بوٚز داٗری ہٕشِراو تاٗری
پڑاران ساٗری دَرشنَس چھی

دھَرمَس ژٕ گوڈ بَران لول گنٛزِراوان
کھبٔنہٖ کھبٔنہٖ میٔون چھُے ڈَنٔڈٕ وَت پڑ نام

وٕید وبرٛھناوِتھ باٗوِتھ دیٔون
ساٗری چاٗوِ تھکھ اَمرٛتھ ژٕرے

مےٚ تہٕ چاولولہٕ مَس تتھی چھُسے پڑاران
کھبٔنہٖ کھبٔنہٖ میٔون چھُے ڈَنٔڈٕ وَت پڑ نام

آشاوانَس آشا چاٗنی چھَم
وِشواس چھُم چھُس چون سَنتان

دِہہِ داٗریس چھَم جیُوٗتی چاٗنی پڑزلان
کھبٔنہٖ کھبٔنہٖ میٔون چھُے ڈَنٔڈٕ وَت پڑ نام

☆

# مالہٕ گرو پوشَن

دِپہٕ مالا اَز چھےٚ دِپ زالو — مالہٕ گَرو پوشَن
ماجہِ لکھِمی لول بَرو — مالہٕ گَرو پوشَن

توشان توشان اَژِ ماج سونٕے — کاستےٚ ژُندرمَس ژےٚ گرٕونے
کھرِ کھنڈٕ تَس اُسی تھال بَرو — مالہٕ گَرو پوشَن

سوکھہِ سمپدا اچھےٚ بأ گراوان — شاردا ہتھ ستی ستی
یڑھِ پڑھِ پوشہِ پوٚزا کرَو — مالہٕ گَرو پوشَن

گرَڑٕ سوار نارایَن — دِمِ وَردان بنِم کلیان
سنمو کھ اَسنٕزِ لیلایہِ پرَو — مالہٕ گَرو پوشَن

وِشواسہٕ لکھِمی ماتا سہاییَس — ہت کارِنی چھے اَسہِ ہتھ کران
اَنُو گرٕ یہہ تھٕندِی بھوِ ساگرس ترَو
مالہٕ گَرو پوشَن

☆

# ماتا لِکھمی سون گرٕ تر

چانہِ مایہِ یَلہٕ چھِی دارِتہٕ بَر ماتا لِکھمی سون گرٕ تَر
ماتا پَنٕنے اَنٛو گرٛیہہ کر ماتا لِکھمی سون گرٕ تَر

دِپ دِپہِ زاٗلِتھ اَسہِ تھاٗوی سورگہٕ وَس جَل جَل اَژھ سوٗنے
روز سَدا اسہَایتِس اَتھِ روٗٹ کر ماتا لِکھمی سون گرٕ تَر

گرڈٕ سَوارِ چھکھ نیران ژٕے ناراین ہتھ پھیران ژٕے
بٔگھتن چھکھ دِوان رٕتہِ رٕتی وَر ماتا لِکھمی سون گرٕ تَر

پمپوش پچھے چون ٹوٗٹھ آسَن ساسہٕ بٔدی سِری یہِ کیٛاہ رٕپہٕ پرٛزلن
اَکھ دَیا دِرٛشٹی اَسہِ ژٕے کر ماتا لِکھمی سون گرٕ تَر

ساسہٕ ناوِ پٕنٕنی چھکھ ژٕ لِکھمی ساس رٕپھ دأرِتھ چھکھ ژٕ کُنی
ژٕیے وَنان شارِکا ژٕے ستھ گور ماتا لِکھمی سون گرٕ تَر

پٕوز چاٗنی کرٕ منہٕ بھاوٕ نایے ژامر گَرے بَجہِ شرٛ دھایے
وِشواسہٕ پٕوزِ ہتھ ہتھ زَگت گور ماتا لِکھمی سون گرٕ تَر

☆

# سورگہٕ پیٹھٕ بۄزم وَسہِ مہا لکھمی

سورگہٕ پیٹھٕ بۄزُم وَسہِ مہا لکھمی گرڈس سوارے ہتھ شرٕ رام
مَنہٕ رکس مَندرس میانس لولہٕ سان وِشنو سرۄپ تڑاوی آرام
وِشنو سرۄپ تڑاوی آرام

ڈیٖھ دیٖپ زالتھ تَس بو پزارس دود تہٕ قَنْد نابد ٹۄرس بَرس
چاوَن تہٕ کھیاون خالی کتہِ تڑاوَن پمپوشہِ پاد تَہندی مۄکھی دام
وِشنو سرۄپ تڑاوی آرام

مہا شکھتی چھے ستی شِوٕ ناتھس سوے چھم بگھتہٕ رۄپہٕ رادھے شام
شامہٕ رۄپہٕ سوندر مورلی منوہر سُے دھنش دٲری رگھو کُل رام
وِشنو سرۄپ تڑاوی آرام

دھَنہٕ دیٚار سمپَدا ہیتھ اَژِ سونے کاسم گرٕونے ژٔندرَم ہے
دَرشُن ہاوُم چاوُم لولہٕ جام پھَل نیرِ بکھتی پیٚیہِ انٛجام
وِشنو سرٕوپ تژ اوی آرام

کھیٖر ساگرس پیٹھ لکھِمی سوٚرٕوپے نارایٚنہٕ ہے ستی روزان
سوٚے سبد لکھِمی ماتا بھوانی سَتھ گوٚرٕ رِپہٕ تَس میٚونے پرٛنام
وِشنو سرٕوپ تژ اوی آرام

وِشواس کتہِ مرِ سمسار وِشواس لکھِمی جی نارینَس وِشواس
مَنہٕ رِکس مَندرس میٚانِس لولہٕ سان وِشنو سرٕوپ تژ اوی آرام

☆

# پاژِٕم رَنگ


| نمبرٕ شمار | گوٗرٕ وَنٛدنا | صَفہٕ نمبر |
|---|---|---|
| -1 | ناتھ چھکھ ژٕ دِیَن ہُنٛد | 110 |
| -2 | بہٕ لکھیوٗ مستانہٕ چالے | 113 |
| -3 | بہٕ مستانےٚ | 115 |
| -4 | ووٚنٛدٕ للہٕ وُم | 117 |
| -5 | دارِ پیٹھ بیٚوٚٹھُم بُلبُل جوٗری | 120 |
| -6 | گیوٚ وِی وِگنیو | 123 |
| -7 | سورگہٕ وژٕھ اژٕھ رژٕھ | 126 |

# اوم نمو بھگوتے گوٗپی ناتھاے

ناتھ چھُکھ ژٕ دیٚنَن ہُنٛد پَننہِ پانٕے

بھگوان گوٗپی ناتھ ژےٚ ڈنٛڈوَت پرٛنام

چھُکھ رَچھان بکھتَن یِوان ننہِ وانَے

بھگوان گوٗپی ناتھ ژےٚ ڈنٛڈوَت پرٛنام

بالہِ پان اوسے ژھالہٕ مارٕنس کیُت

بوز رٕٹتھ مَنہِ مَنٛز شِوٕ دارتا

شِو سِہت شکھتی رٕوٗدی میٚہر بانے

بھگوان گوٗپی ناتھ ژےٚ ڈنٛڈوَت پرٛنام

ژاٹہٕ ہال ییٚلہِ گوکھ ژاٹہٕ باجَن ستی

سَرسوٗتی جی روز پانہٕ سدٕلس

دانہٕ پپٹھٕ نوٗن دڑاکھ گیانہٕ وان پانے

بھگوان گوٗپی ناتھ ژےٚ ڈنٛڈوَت پرٛنام

شارِکائے آنگن اوسُکھ واتان

ماجہِ تَتہِ کھیُونکھ دود تہٕ کھرِ تھال

گُنہِ تہٕر ژرَوَن مِٹھ بَتہٕ پاتے

بھگوان گوٗپی ناتھ ژےٗ ڈنڈوَت پرٕنام

دوٗنیاہ زأیلتھ زالان روٗدُکھ

کھیاوان روٗدُکھ بوٗچھِ ہتٕنے

بُکھتَن روٗدُکھ دوکھ دأدی ہرانےٚ

بھگوان گوٗپی ناتھ ژےٗ ڈنڈوَت پرٕنام

گنگاجی، جمناجی، سَرسوٗتی جی پانےٚ

کایایہٕ چانہٕ آسہٕ شرٕان کران

گُنہِ بَکار أسے وِتستا جی یِوانے

بھگوان گوٗپی ناتھ ژےٗ ڈنڈوَت پرٕنام

اَشٹا دَش بُزا مایا شارِکا

سنموکھ آسےٚ ژےٗ نِش یِوان

أشِرواد دِتھ آسے نیران نےٚ

بھگوان گوٗپی ناتھ ژےٗ ڈنڈوَت پرٕنام

ترٛوٕہَن وٕرییَن آسَن دأری
کوکہِ نظرو رٕوٗ دُکھ شرٛان کرٕنۍ
پوٚز عطرِ گولاب چانہِ تنہٕ اَسی نژانۍ
بھگوان گوٗپی ناتھ ژےٚ ڈنڈوت پرٛنام

سیٚدہن سادَن وِدھی ہاوِتھ
بکھتَن ہاوِتھ گیان وتھ
شیر میٚون کرٛمہٕ لون دِم سأوردانۍ
بھگوان گوٗپی ناتھ ژےٚ ڈنڈوت پرٛنام

گوٗرٕ دیوٕ ژٕ ہَسأ چھکھ زٕنتَس گوٗرٕ ور
پَرمہٕ گوٗرٕ میأنے نبتھ کرے پوٚز
وِشواس لوٚب ترٛیٚن ژےٚ نِش بھگوانۍ
بھگوان گوٗپی ناتھ ژےٚ ڈنڈوت پرٛنام

☆

# بَبہٕ لکٕیو مستانہٕ چالے

بَبہٕ لکٕیو مستانہٕ چالے ییٚنہٕ بالے مُشراوِ ہَم
پاری لگٕیو اَسہِ رَچھن والے ییٚنہٕ بالے مُشراوِ ہَم

اوم نمو بھگوتے گوپی ناتھاے لولہٕ چھی پَران چون مَنتر
تارہٕ بھوٚسَرِ ہے تارَن والے ییٚنہٕ بالے مُشراوِ ہَم

سادَر پڑ نام تَس بَبس ماجے یمن نِشہِ ژرے زَہٕنم دوٗرتھ
ناو تہُند زِنٛدِ تھاوَن والے ییٚنہٕ بالے مُشراوِ ہَم

بالہٕ پانٕے ہاوِتھکھ کھیلے میلے لگٕو رِتی بھانن
ہاسہٕ ہم سوٚ زیپَن والے ییٚنہٕ بالے مُشراوِ ہَم

کلہٕ وَنٛدِیو پمپوشہِ پادَن تھاوِے کھڑاو کنہِ پَنٕنے شریر
پاپہٕ شاپہٕ بار والن والے ییٚنہٕ بالے مُشراوِ ہَم

چھُکھ اَمر ژٕرے اَمر ناتھے شِوٕ دھامَس روٗزِتھ چھُکھ
شرٕ رامَس پوٗرَن والے یِنہٕ بالے مُشراوِہَم

چانہِ چلمے چھُنہٕ چٕرِس سوران وُہوٕنہِ سُے دٕہ چھُکروان
وَتھ ہاوِتھ ہاوَن والے یِنہٕ بالے مُشراوِہَم

ٹاٹھ بگھتی بگھتن ہنٛز چھے ٹاٹھ سُمرن چھےٚ شارِکا ماتا
پَرمہٕ شکھتی پڑاوَن والےَ یِنہٕ بالے مُشراوِہَم

شران کرٕنے ژٕرے یِوان آسےَ گنگا جی جمناتہٕ سرسوٗتی جی
کانٛسہِ چھا خبَر مےٚ چھِ خبَر مالے یِنہٕ بالے مُشراوِہَم

وونی دُیتھم اِجازَتھ پانےَ تمہِ گیانےَ گیہِ باوَتھ
وِشواسس گوڈ برَن والے
یِنہٕ بالے مُشراوِہَم

☆

# بَبہٕ مستانے ژٕے جَے جَے کار

ماجہِ شارِکایہِ ہٕنڈِ ٹاٹھِ سنتانے     بَبہٕ مَستانے ژٕے جَے جَے کار
بھگوان گوپی ناتھٕ اَسہِ رٕچھِرزِ پانے     بَبہٕ مَستانے ژٕے جَے جَے کار

پایہِ بَڈِ راژٕ سانہِ لَرِ یتہِ سالے     لولہٕ سان چاوَتھ مے پانے
مَدہوش گرٛژھٕ ہا چھُسے دیوانے     بَبہٕ مَستانے ژٕے جَے جَے کار

بَبہٕ میانہِ لکٕیو پادَن چانٕن     سادَن سنتَن ہٕنڈِ راجے
ژھٕٹہِ گٹہِ ژٕے چھہم سایبانے     بَبہٕ مَستانے ژٕے جَے جَے کار

چھُم ژٕتبَس مے پیوان چانٕی چِلم وُہہٕ وِنی     اوسکھ ییٛلہِ چھکان دارٕبو دٕہ
موٗرکھَن کتہِ پتاہ اوسکھ لَڑانے     بَبہٕ مَستانے ژٕے جَے جَے کار

سَنہٕ اوس گنُوہ شتھ سَتاۓجی     ییٛلہِ کوٗر قبائیلو حَملہٕ ریٛشہٕ بھوٗمی
کڈِتھ شالہٕ ٹینگہٕ پٕٹھٕ پانے     بَبہٕ مَستانے ژٕے جَے جَے کار

لَرِ لَرِ اوس سے شُری پاٹھی یِوانۍ پتہٕ بڑوِنہہ اوسے دورانۍ
کھیٚونَس نابد شیرٕ ہِن پانۍ بَبہٕ مَستانۍ ژٕے جَے جَے کار

ماجہِ میٚانہِ کوٚرنۍ اَکہِ دوہہ سالۍ دوٚپنۍ نوٚنَس گوٚے مُدربرٕ
نوٚنَس بنووُتھ مُدربرٕ پانۍ بَبہٕ مَستانۍ ژٕے جَے جَے کار

لولہٕ سان اوُسن ژٕیےٚ کیٚت رونُمت سوٚنچُن رٕنۍ ہِتس وُچھ گوڈٕ نوٚن
کیٚاہ بَبَس پِیا کھینہٕ اُس توشانۍ بَبہٕ مَستانۍ ژٕے جَے جَے کار

بوگ اوس گوڈٕ دیُن ٹھوکرس پانۍ اِدٕ اوس کرُن تس آہار نوٚید
پوٚز گئیس غلطی نوٚن وُچھانۍ بَبہٕ مَستانۍ ژٕے جَے جَے کار

وِشواس دوٚر چھُنہٕ نکھ بَبس پانۍ ویٚور چھُس تُلان تنٛدس نوٚرانس
بَبہٕ سُند وِشواس ترٛییَس بوٚڈ خزانہٕ
بَبہٕ مَستانۍ ژٕے جَے جَے کار

☆

(آزاد نظم)

# ٹاٹھہِ بَب گوپی ناتھ بھگوان

ووٚنِدِ لَلہٕ وُم ٹوٹھ یار وُچھم

وَنٛدٕ ہے اندر آو سوٚنتھ کال

گُل تہٕ بُلبُل، سوٚنبُل تہٕ رَنٛگہٕ ژٔرِ

یِکوٹہٕ سُمتھ رُو کران

ٹیکہٕ بٹنے وٕرِ کیٛمی بیٛیہ یٔمبرزَل

مَرگن پھوٚلی مٔتی بَر جَستہٕ وُچھم

آبشارن ہٕنز گرٕزٕونی گرٕز

ستیارٕ وایان شاردا ماتا

شیٛرس پٔٹھن شکھتی ہتھ

تھَدِ آبہٕ پٔزاران کس سَنا؟

کُکلہِ کوٚستوٚری، پھَمبہٕ سیٛرِ پوشنوٗل

سأری پَران گوٚوبنٕدٕ گوٚ

ماگس منٛز باسیوٚم زَن آمت

## وۄلسنس اَز سوٗنتھ کال

ڈٕلہٕ ہےٚ انٛدر برٛونٛٹھے پھوٚلۍ ہتۍ
بَر جستہٕ اَز پمپوش وُچھم
کأراہ تھأوِتھ ہیٚوٚر رکنُتھ زَن
اَسمانَس ستۍ کتھٕ کران
تارٕکن بوش تتہٕ کھوٚتمُت
یێتہٕ پھوٚلتھ آمتۍ پوشن ہنٛدۍ چمن
مخمٔلۍ بٔنیمتۍ سبزٕ زار

واو صُبحُک سو تہٕ سو تہٕ پکان
اوٗند پوٚکھ مُشکان، چھکان عطرِ گولاب
کنہٕ وان گیم گُس تام وَنان اوس
سأرِی چھوٕ سمِتھ وۄتھ لاگ پوشہٕ پھوٚت دِلبرس
پمپوشہِ وٗتھرٕ بن کیاہ کرکھ
سوبۄتھبن پمپوشن گرمالہٕ
تہٕ ترٛاوُس نألۍ پمپوشہٕ ہار
رَب شِتھ گیہٕ امہِ واکہٕ سأرٕے
بٔھتو تیٚتھے یلغار کوٚر

کرٚکہِ دِژکھ أسی نالہِ مَتہِ رَٹہِ ہون

وَنٛد ہوس زُو تہِ جان جانٲنٛس

کاٚر نوٚ مرأ وِتھ ساٚری وُچھِم تَس

پمپوشہِ پادَن میٚٹھی دِوان

ساس سِری یِک نوٗر پرٚزلیو وانٛدٕ وَنٛد

شولیو مُت زَن یئنٛدرَے لوٗک

أچھ موربم سوٚنٛچُم چھُ کُس زَن

سنموکھ وُچھُم ٹاٹھِ بَب گوٗپی ناتھ بھگوان

☆

# دارِ پیٹھ پیٹھِم بُلبُل جۆری

دارِ پیٹھ پیٹھِم بُلبُل جۆری
شیٚچھِ آیہِ ٹاٹھِ بَب چھُ سکھران یۆری
بھگوان گوپی ناتھ سری کھۆت پۆری
شیٚچھِ آیہِ ٹاٹھِ بَب چھُ سکھران یۆری

وۄلسنَس آمُت کُل کائینات
پھۆل گُلزار ئیٚ گیہِ نباتات
آلتھ آلہِ وَس اُڈی تڑاوِ پۆری
شیٚچھِ آیہِ ٹاٹھِ بَب چھُ سکھران یۆری

مالہِ کرِس پوشن کوسمن کڑاو
بھگوان بَبہٕ سنٛز روزِم نہٕ گڑاو
نالِکی بوتڑاوَس اطلاس جۆری
شیٚچھِ آیہِ ٹاٹھِ بَب چھُ سکھران یۆری

یمہٕ خوش ینٛس ضیافژ کھٔیاوان
پنٛنہِ اَشہِ وانہِ تَن سُبہ ناوٕ ناوَن
وَنہٕ وٕنہِ بہٕ اَنٛس لولہٕ کوٚستوٗری
شیٚچھِ آیہِ ٹاٹھِ بَب چھُ سکھران یوٗری

گُجگاہ کرہٕس موٗرٕ چھلے
اَدِ وہٕ یژ کول ہول مےٚ ژلے
پان وَتھراوِہٕس شاٙنٛدی تےٚ کھوٗری
شیٚچھِ آیہِ ٹاٹھِ بَب چھُ سکھران یوٗری

کیٖرتَن بھجن کرٕس وَنٛس وِیلہٕ زار
کاٗشُر تےٚ پنُٕم دَرس یمٛس بہٕ دربار
دود چاوَن تہٕ کھیاوَن گارِ پوٗری
شیٚچھِ آیہِ ٹاٹھِ بَب چھُ سکھران یوٗری

وَتہِ وَتہِ پھوتہِ پھوتہِ وَتھرٕس پوش
زارٕ پارٕس سُے مےٚ تھاوِہم گوش
دَرشنٕس ویوٗرٹلنٛس پوشپوٗری
شیٚچھِ آیہِ ٹاٹھِ بَب چھُ سکھران یوٗری

ہَنہِ ہَنہِ پرٛتھ مَنہِ وۄیاُپتھ چھُ سُے
رَچھوٗن بگھتَن راُ چھدر سُے
پمپوش ہِش کیٛاہ چھُس پادٕ جۄری
شۄٗچھِ آیہِ ٹاٹھِ بَب چھُ سَکھران یۄری
وِشواسؔ کرٛیشان روزِ کۄت کال
کالس نہٕ پَژ پرٛاَر کال گۄ کال
سنموکھ نےٚ تہٕیم دورس بہٕ تۄری
شۄٗچھِ آیہِ ٹاٹھِ بَب چھُ سَکھران یۄری

☆

(باتھ)

## خانہٕ ماجہِ کورِ ہٕنز مأنزِ راتھ

گیِوی وِگنِو اَز چھَم خانہٕ ماجہِ مأنزِ راتھ
مأنزِ لٲ رِگیوس مہا گنیشن چھُ کوٚ ڈُمت ساتھ
مأنزِ لٲ گیوس بھگوانَن کوٚ ڈُمت چھُ ساتھ
گیِوی وِگنِو اَز چھَم خانہٕ ماجہِ مأنزِ راتھ

رأتی راتس اَز ہے چھُہٕ رٗو وکرِ نٔے
ماجہِ مألس کورِ سان لول بَرِ نٔے
ماسَن، پوپھَن، مامنِن، ماجَن ہٕنز راتھ
گیِوی وِگنِو اَز چھَم خانہٕ ماجہِ مأنزِ راتھ

ووٚنہِ کھوٚلتھ چَندٕ اَز چھُ خرچاوُن
کأنسہِ پزٕ ژھنے کورِ ہُند مول لولہِ سان
مہا لکھِمی چھَس پانٔے کورِ ہٕنز راتھ
گیِوی وِگنِو اَز چھَم خانہٕ ماجہِ مأنزِ راتھ

زٲولِ نَم ٲمۍ ہنٛدۍ نُنٛدۍ بٲنۍ
کھورِ پھوٚلۍ چھِس دُر دانہٕ پٔرزلٲنۍ
مٲنزِ لٲ گێوٚس نمنے ہتھ بُرجات
گیوٚ وۍ وِگنو اَز چھُم خانہٕ ماجہِ مٲنزِ راتھ

پِنہٕ موٚیوٚس سپدَ کھ ووٚنۍ ڈیڈی
کوٚریس زایہِ ٲخر لگہٕ مال چھیٚے
یُتھنہٕ ہارَ کھ ممی اوٚش بَنہِ بات
گیوٚ وۍ وِگنو اَز چھُم خانہٕ ماجہِ مٲنزِ راتھ

بٲے جانا لگیوٚ مایہِ چانےٚ
یٚیہہ تام ہامےٚ گجرٕ لولہٕ چانے
یُتھنہِ مٔشرَ کھ رَچھُن میٚون بنکھ کم ذاتھ
گیوٚ وۍ وِگنو اَز چھُم خانہٕ ماجہِ مٲنزِ راتھ

ہتےَ بھابی میٲنۍ ژیےٚ چھُم وٚنتی
وٲری ییس منٛز تھاوِنۍ گرٕ ھِ نبستی
ممی ڈیڈی رٕ چھی زبکھ مشک میٚون ذات
گیوٚ وۍ وِگنو اَز چھُم خانہٕ ماجہِ مٲنزِ راتھ

بوزِ گۄری شیرِ وۄنی مێون گرٕ بار
دَے یێژِھنے کرُن راجُت تہٕ وۄہار
یُتھنۍ بوزٕ ہوے وأرِوِکی زانہہ حأری ثات
گیِو وی وِگنِہٕ اَز چھُم خانہٕ ماجہِ مأنزِ راتھ

کرٛمہٕ پۄٚری نۍ ڈبکہٕ بڈٕ نیر وۄنی ژٕ ے
اَسہِ مُشرِتھ ہَشہِ ہیٚہرٕ ہنٛز گری زِ دژٕ ے
وأری وِس مَنٛز پژاوی ژٕ تھَز اوٗقات
گیِو وی وِگنِہٕ اَز چھُم خانہٕ ماجہِ مأنزِ راتھ

بأژ پنٛنۍ زأنی زہن پٔنٛن بھگوان
سیٚو تُمی ہنٛز مَنہٕ گری زِ لولہٕ مایہِ سان
سوکھ ساوَے پژأ وِ وتوٚ ہی شہُل ساتھ
گیِو وی وِگنِہٕ اَز چھُم خانہٕ ماجہِ مأنزِ راتھ

کۄٚری مئأنی مێون چھُے أشیرٕ واد
کرٛمہٕ پۄٚری نۍ سہائیَس رۄٚزی نۍ ساد
لولہٕ وِشواس چھُے دِوان یوٕ ہَے سوغات
گیِو وی وِگنِہٕ اَز چھُم خانہٕ ماجہِ مأنزِ راتھ

☆

# خانہٕ مائلس گۄبرس مائنزِ راتھ

سورگہٕ وَژھہٕ اَژھہٕ چھے وَنہٕ وان — خانہٕ مائلس گۄبرس مائنزِ راتھ
سانہٕ دَھرتی پوشہٕ وَرشن — خانہٕ مائلس گۄبرس مائنزِ راتھ

آدِ دیوَن ساتھ کۄڈُمت — شِوٕ ناتھَن کۄر رقوبٕل
پانہٕ شکھتی مائنزِ لاگہٕ نَس — خانہٕ مائلس گۄبرس مائنزِ راتھ

لول بَرٕ ہوس ہول ژَلہٕ ہے — مایہٕ اَنزِ سأری وَنان
کرٕشنہٕ بھگوان روے پمپوش — خانہٕ مائلس گۄبرس مائنزِ راتھ

بَب اَمس اَہی کران چھُس — ہتھ چھُ اَشرِ واد پوپھو
بأے بینہٕ ماسہٕ پوپھہٕ وِبہٕ سٕدر — چھُس لول برٕنَس
خانہٕ مائلس گۄبرس مائنزِ راتھ

بیمہٕ چھِس شۄ بایمان     مٲلِس أنٛدٕرِس تھۆد یہِ تھزر
بٕھتہِ باوے بوزِ بھگوان     خانہٕ مٲلِس گۆبرس مأنزِ راتھ

مام چھِس جامَن رنٛگان     چھٕترس کران زرباف لِباس
بَب بھگوان چھُس آے کانٛچھان     خانہٕ مٲلِس گۆبرس مأنزِ راتھ

یار آیَس لولہٕ لاران     حُبہٕ چھِہ پرٛتھ کینٛہہ شۄبہٕ ران
مأج شاریکا چھُس مۆہر بان     خانہٕ مٲلِس گۆبرس مأنزِ راتھ

جورٕ رۄزِن شولہٕ ماران     باغ پھۆلی نکھ گُلزار
وَلش یِٔژھی نکھ نۆشہِ ناوَن     خانہٕ مٲلِس گۆبرس مأنزِ راتھ

اَز چھے خوش پانہٕ مأج بھوٲنی     وِشواسہٕ سان تارا مَنٛڈل
مأنزِ رأژ آیہِ چاوٕ لاران
خانہٕ مٲلِس گۆبرس مأنزِ راتھ

☆

# شیم رنگ


| نمبر شمار | گورو وندنا ر | صفحہ نمبر |
|---|---|---|
| | غزلیں حصہ اُردو | |
| 1- | گورو وندنا | 128 |
| 2- | لا اِنتہا خزانہ | 129 |
| 3- | سکون مِلتا | 131 |
| 4- | بھگت کا شِکوہ | 132 |
| 5- | سکون ملتا مجھے ہے | 133 |
| 6- | اُردو غزلیں | 134-139 |
| 7- | بھو فورٹ میں نِواس | 140 |
| 8- | نین ہیں مَس کے پیالے | 141 |

سَتھ رَنگ : اُردُو حِصہ

## گورو وَندنا

مُجھے گورو دیو کو پانا ہَے
اُسی میں مَن لگانا ہے

میرے گورو دیو خزانہ ہے
اُسی میں مَن لگانا ہے

میرا گورو دیو میرا ایشور
وہی شکتی وہی شنکر

وہی وِشنو وہی برہما
وہی اومکار میرا ہے

دیا ساگر دیالو ہے
کرپا ساگر کرپالو ہے

پکڑ کر اُنکا دامن اب
اُنھیں مَن میں بسانا ہے

میرے کو ڈھونڈنا کیاہ اب
جو ہے نایاب ملا مجھکو

یہ ہے پارس لوہے کو
اُنھیں کنچن بنانا ہے

میرا ساشٹانگ پرنام اُنکو
چرن اُنکے ہردے میرا

اُنھیں کی دین ہے ست سنگ
جسکو مجھے ہی گانا ہے

دیا درشٹی مہر اُنکی
مجھے اب کیا ضرورت ہے

رکھیں وِشواس میرا دائم
اُسی سے یہ زمانہ ہے

☆

# لا انتہا خزانہ

روشن میرا مقدر مجھے مِل گیا ٹِھکانا
کیا خوب پایا میں نے لا اِنتہا خزانہ
اَب ڈر نہیں ہے کوئی جو بھی کہے زمانہ
کیا خوب پایا میں نے لا اِنتہا خزانہ

کِس نے مجھے پُکارا، کِس نے مجھے جگایا
غفلت کے بستر ے سے کِس نے مجھے اُٹھایا
آخر تو کوئی تھا یہ کچھ تو بنا بہانا
کیا خوب پایا میں نے لا اِنتہا خزانہ

ایشور سروپ میرے گورو دیو گنوں کے ساگر
میں دھول کا ذرہ اِک چمکا دے مِثل گوہَر
مَن سے سَدا صُبح شام اُن کی شرن میں جانا
کیا خوب پایا میں نے لا اِنتہا خزانہ

مَستک پہ اُنکے بندُو، ہَر سو چمکتا رہتا
مالا وُہ جپتے جو ہیں وہ بھی رہسیہ نرالا
چاہت ہے اُنکو پاکر ہری سے مِلن ہی پانا
کیا خوب پایا میں نے لا اِنتہا خزانہ

عارِض کی ہے عرضی منظور کرنی اُنکو
بھگتوں کی لاج رکھنا لازِم سَدا ہے اُنکو
وِشواش ہے داس اُنکا وعدہ اُنھیں نبھانا
کیا خوب پایا میں نے لا اِنتہا خزانہ

☆

# پوجا سے سکون مِلتا ہے

سکون مِلتا مجھے ہے جب تیری پوجا میں کرتا ہوں

تو جا کر مَن کے مندر تجھے کھوجا میں کرتا ہوں

تصور میں میرے اکثر تیرا اِک چتر اُبھرتا ہے

لٹکتا سانولا واسک تیرے ہی کنٹھ بھِرتا ہے

ہزاروں سوریوں سی روشنی ماتھے پر چمکتی ہے

گنگا جی جلوہ گر تیری جٹاؤں میں رہتی ہے

تیرے کانوں کے بھیتر سے کنڈل چندن مہک دیتی

تیرے دانتوں کی مالا بھی نرالی موتیوں جیسی

گلے میں تیرے ہے پہنی عجب انمول رنڈ مالا

سہز تن پر ہے یہی خوب ملایم ہے یہ مرگ چھالا

تیرے پہلو میں بائیں سے مہا شکتی نرالی ہے

ہزاروں نام کی ماتا میری ماتا یہ کالی ہے

پرنام ساشٹانگ من ہی میں من میں کرتا ہوں تجھے ساجن

دیکھا دے اپنا شُبھ درشن، تیرا وِشواس تجھے ارپن

☆

# بھگت کا گورو سے شِکوہ

روٹھے روٹھے لگتے ہیں مجھ سے میں مناؤں تو کیسے مناؤں

دوری مجھ سے بڑا تو رہے ہیں آؤں نزدیک تو کیسے میں آؤں

مجھ سے کیا ہوئی خطا گر خطا وار ہوں معاف کرنا

بھکتی وَتسل جو ٹھہرے ہوئے ہیں اِچھا میری دَیا اُن سے پاؤں

پریت میری ہے چرنوں میں جِنکی چھونے اب تو نہیں دیتے مجھ کو

ٹھان بھکتن کی ہے محکم چھو نہ پاؤں تب تک نہ جاؤں

میرے سینے میں ہے سدا وہ رام سیتے ہنومت میں جیسے

بھگت کی شکتی ہے میرے گورو دیو سینہ چیروں تو اُنکو دِکھاؤں

ترکال درشی ہیں میرے گورو دیو اَشٹ سِدھاں ہیں ادھین اُنکے

میرا وِشواس ست گورو پر ہے

جب سُمروُں تو پاس پاؤں

☆

# ہری بھجن

داسوں کو درشن دِکھایا کرو میرے شیام ہَرے شیام آیا کرو

بانسری کی تان سُنایا کرو میرے شیام ہَرے شیام آیا کرو

میرے شیام ہرے شیام رادھا کے سنگ من میں بسے ہوئے تو پھر کیا امنگ

بھکتو ہری گُن گایا کرو میرے شیام ہَرے شیام آیا کرو

ہری نام جپ ہے ہری نام تپ ہری کی کرپا اُسکے بھکتوں کا حق

گووند گووند گایا کرو میرے شیام ہَرے شیام آیا کرو

ارجن نے پکڑا سدا اُنکو جب ہری کی کرپا اُس نے پائی تھی تب

اپنے کو ارجن بنایا کرو میرے شیام ہَرے شیام آیا کرو

اکھنڈ برہمانڈ اوم ہری ہی ہری ہری سے کِسی کو نہیں برتری

ہری نام کا دھن کمایا کرو میرے شیام ہَرے شیام آیا کرو

گورو کی کرپا جو حاصِل کرے امر آتما ہے کبھی کیا مرے

وِشواس سے گورو دیو کی پوجا کرو

میرے شیام ہَرے شیام آیا کرو

☆

# غزل

معرفت کے جام کی خاطر تشنہ لب عارف ابھی
کون بولا یہ تھا ساقی پیمانہ دیکر چل دیا

نیند تک نہیں نام لیتی، جلتی ہے حسرت کی آگ
اس بجتی بجتی آگ کو پھر آگ دیکر چل دیا

نصح میری کِس نے کی جو بھی بنانا صحیح میرا
جگر زخمی پہلے سے زخمی ہی کر کے چل دیا

جلوہ گر کو سب عیاں جلوہ افشاں ہے سدا
ہولے ہولے پانا ہے اُسکو، وِشواس دیکر چل دیا

☆

# غزل

جینا ہے دو گھڑی بس، فصل بہار دیکھو
سو جاؤ پل کی خاطر، سپنے میں پار دیکھو

تھامو، جگر کو پکڑو، سکڑے گا غم میں بہہ کر
دریائے زندگی کو، موجوں سے پار دیکھو

آیا جو آ کے جانا، بَس ہے یہی حقیقت
پھر کیوں اُداس رہتا، کچھ آر پار دیکھو

کتنے بدل چکے ہیں، تیرے قریب جو تھے
تھے غیر آزمودہ، اپنوں کو یار دیکھو

موتی چمکتے رہتے راتوں میں کِس نے دیکھے
ہیرا تلاش کر کے اُس کا نِکھار دیکھو

گُل ہیں ہمیشہ کھلتے، کلیاں ہیں مُسکراتیں
وِشواس کا گُلستان سے چلتا ہے پیار دیکھو

☆

# غزل

جام میں پیتا ہوں اکثر
ساقی وہ میرا یار ہے
گُل ہے ہنستا مجھ پہ اکثر
خار کرتا پیرا ہے

تو بھی تھا میرا قریبی
کیوں دیا اتنا فریب
کِس گُناہ کی ہے سزا یہ
بند تو کرتا دوار ہے

تیرے سِوا کِسکو پوجوں
جو کرے میری فِکر
بَس تُو ہی تو ہے ہر سو
شِو تو اَپرمپار ہے

آرزو وِشواس کی بس
عرض ہے درشن تُو دے
جلوہ تیرا سب سے پیارا
ہیچ سب سنسار ہے

☆

# غزل

جگر کا کام ہے سہنا، سُلگنا، خاک ہو جانا
مگر اسکی خبر تجھکو نہیں غیروں کو بتلانا

یہ نازک نین سے بہتر، سکڑتا رہتا غم پی کر
ہلال زہر کو اکثر صبر کے ساتھ کھا لینا

منور ہے ہر اِک شے زندگی میں اس سے آدم کی
طلاطُم ہو کہ ہو فرحت کرب سے سب یہ سہہ لینا

ارے وِشواس کبھی تو نے بھی سوچا اسکے بارے میں
یہ ہے میرا قریبی یار اِسے کیونکر بُلا دینا

☆

# غزل

دِل میرا جلتا ہے انگارے بوسہ دیتے ہیں مجھے
پھر بھی میرا جسم اب تک گھومتا پھرتا رہا

اب تھکان محسوس کرتی زندگی اِس موڑ پر
تھام لے مجھ کو تُو یار تیرا ہی نام لیتا رہا

جِسم خاکی جان تیرا، میرے بس میں کچھ نہیں
کرموں کا جوکھِم جو بھی ہے، وہ مزے سہتا رہا

غم کے دریا تو نے بہائے میری خاطر پیار سے
پی پی کر میں ہردم، انکو پار کرتا رہا

گُل تو اکثر خار سے ہی، پیار کرتے ہیں ضرور
ہر چَند پیارا باغبان، وِشواس سے مِلتا رہا

☆

# غزل

تھنا، تھنا، تھنائی میں، تنہائی سے پیار مجھے
فطرت میری تنہائی ہے، تنہائی ہے یار مجھے

شور و گُل جنجھٹ جمیلے، میری تنہائی کو کب تھے راس
گووندہ، گووِندہ اُس فاختہ سے اوم کا مِلتا سار مجھے

کوئیل بولے بُلبُل بولے، سب پکھشی بولے میٹھے بول
نیل گگن میں پھر سے اُڑ کر کھِنچکر کرا لے سیر مجھے

سانسیں چلتی آتی جاتی، جیون کا ہے سچا دستور
اِن سانسوں کی آہٹ میں ہی، بستا ہے دِلدار مجھے

آخری میری سانس جو نکلے، لے جاتے وہ اوم کا بول
سب سے پیارا، سب سے محبوب بھَو وہ کریگا پار مجھے

آتا ہے جو اِس دُنیا میں واپس جاتا ہے وِشواس
تنہا آتا، تنہا جاتا، اس سے کب انکار مجھے

☆

# آرادھنا

## (کالیکا ماتا باھو قلعہ جموں کی چرنوں میں)

بہو فورٹ میں نواس ہے
میرے بھی من میں تیرا
ڈنڈ وت پرنام میرا
تجھکو ہے ماں بھوانی
قلعہ کیا تیرا واقعی
جہاں ماں وہاں کیا باقی
سارے جہاں پر ہے
تیرا راج ماں بھوانی
بھگتوں کی پیاری دیوی
رکھتی ہے لاج اُنکی
ہم مانگتے تو دیتی
داتری ہے ماں بھوانی
سُننے میں مجھکو آیا
آ کر جموں میں ہر سُو
ہر کشٹ سے بچاتی
یہاں پر تو ماں بھوانی
ہم بھی شرن میں تیری
شرنارتھی ہیں ماتا
بھونیشوری تیرا نام
پیارا ہے ماں بھوانی
رکھنا دیا کی درشٹی
پل پل تو ہم پہ ماتا
کھویا نہیں ہے وشواس
تیرا ہے ماں بھوانی
ڈنڈ وت پرنام میرا
کوٹی کوٹی پرنام میرا
ساشٹانگ پرنام میرا
تُجھکو ہے ماں بھوانی

☆

# میرے بھگوان ٹاٹھِ بَب

نین ہیں مَے کے پیالے — مستک پہ زعفران چندر ما

گر کِسی نے پوچھا ہے — وُہ میرے بھگوان ہیں

دیوتا خود جِنکو آکر — مستک جھُکاتے ہیں سدا

پوج کرتے جِن کو ہیں سب — وُہ میرے بھگوان ہیں

مہر و ماہ سایہ میں جِنکے — کر رہے ہیں پری کرما

سنت سجن بھجتے ہیں جنکو — وُہ میرے بھگوان ہیں

گُلشن گُلشن پھول ہیں کھلتے — پوجا میں لگتے خوش نصیب

پھول جنکو پوجتے ہیں — وُہ میرے بھگوان ہیں

اَن داتا دھن داتا آپ — کرم یوگی دیوتا آپ

دھیان گیان بھگتی پرچارک — وُہ میرے بھگوان ہیں

شان جنکی جان میری — میرے نینوں کی جیوتی

وِشواس کا انمول خزانہ

وُہ میرے بھگوان ہیں

☆

# سَتِم رَنگ


| نمبرِ شُمار | کأشِر غزلہٕ | صَفہٕ نمبر |
|---|---|---|
| -1 | پرم لین یوگیشوری لَل دېد پړ مختصر اقتسابات اور نظمی ترجمہ چند واکھ۔ | 142-163 |
| -2 | شرٛ دھانجلی | 164 |

# برہم لین یوگی شوری لل دید
# کی جیون لیلا کے چند اقتسابات

کشپ بھومی کشمیر کی گود میں کتنے ہی مہا پرشوں، سنتوں، نقیروں، مہاتماؤں، رشیوں نے بن بن اوقات میں اس پاون اور پوتر بھومی میں جنم دھارن کر کے اپنی آتما کو پرم تپا پرم شِو کی پورن جیوتی میں لے ہونے کی خاطر اگھور تپسیا کر کے اپنے جنم کو جہاں سپھل بنا چکے ہیں۔ وہاں ہی جن سادھارن کے مارگ درشن کی خاطر شبدوں، وچنوں، واکھوں اور کویتاؤں وغیرہ کے مادھیم سے جن کلیان کیلئے انمول خزانے چھوڑ کر اس جہان فانی سے نکل چکے ہیں اور کئی نِروان پا چکے ہیں۔ یہ سلسلہ جاری ہے اور جب تک یہ سرشٹی قائم ہے تب تک اس دریا کا بہاو بھی جاری رہے گا۔ جو جا چکے ہیں انھوں نے اپنے وِچاروں اور سادھنا ستمبوں کو تعمیر کر کے رکھ چھوڑے ہیں۔ جنکے ذریعے انھوں نے اس سنسار کو اسار سمجھکر او سہہ کر عام جنتا کے مارگ درشن کیلئے انتھک کوششیں کی ہیں۔ جن کے پھل سروپ نیکی اور بدی کی تمیز، سچ اور جھوٹ کی پہچان، بھگوان اور بھگت کی تعریف، آوا گمن

سے چھٹکارا، ویراگ اور تیاگ کی بھاونا، کرم اور یوگ کے مارگ، سنسکاروں اور سبھتا کا ورنن واضح طور پر کر کے رکھا ہے۔

ان میں سے چودھویں صدی میں وجوُد میں آئی کشپ بھومی میں پانپور قصبہ کے کِسی گاؤں میں جنمی ایک کنیا جِسکا نام لل رکھا گیا تھا، وہی دیو وِہی کنیا آگے چل کر ایک سریشٹھ شِو یوگنی للّی شوری کے نام سے پرسِدھ ہوئیں۔

للّی شوری ایک برہمن (پنڈت) گھرانے میں جنمی تھی اور نام کرن لل کے طور پر کیا گیا تھا اور جب لل ذرا بڑی ہوئی تو اُس نے پاٹھ شالا میں ابتدائی تعلیم پائی اور آگے جاکر اسکا بیاہ ایک اچھے پنڈت گھرانے میں قصبہ پانپور میں ہی رچایا گیا تھا۔ چونکہ لل دید ایک پُنیہ آتما تھی۔ اور یہ باور کیا جاتا ہے کہ لل دید کے ماتا پتا دھرم شیل تھے۔ جسکی وجہ سے لل دید کو میکے کے دھارمک سنسکار قید قلب تھے۔ وُہ تو پرم بھکتی بچپن سے ہی اپنے آنچل میں لپیٹ چُکی تھی۔

اُس پرم شِو کی مایا اَپرم پار ہے۔ جس نے اُسے ایسا سُسرال دِیا جہاں پر پرم یوگنی لل شوری کو جیسے سنہار کی بھٹی میں ہر پل آگ کی لپیٹوں میں جھُلس کر اپنے کو کُندن بنانا پڑا۔ مطلب جب بھی لل شوری کو اپنی ساس صُبح وشام گھر کے کام کاج کرانے

کے اُوپر انت کھانا پروستی تھی۔ تو اُس کے کھانے کے برتن جسکو کشمیری زبان میں ٹور کہتے ہیں، میں ایک لمبے آکار کا پتھر جسکو رسوئی گھر میں چھوٹی اوکھلی میں کچھ کوٹنے کے کام میں لایا جاتا ہے، جِسے کشمیری میں کاجوٹ کہتے ہیں یہ اس خاص قسم کے پتھر جسکو نیلہٕ وَٹ بھی کہتے ہیں، رکھتی تھی اور اُسی پتھر کے اوپر پکے ہوئے تھوڑے چاول بکھیر کر لل دید کو کھانے کیلئے دیتی تھی۔ وُہ ایسا اِس لئے کرتی تھی کہ بہو کے برتن میں کافی چاول دِکھائی دیں۔ لل دید بھی ایک بُلبُل کی طرح اِن دانوں کو چگ لیتی اور دونوں برتن اور پتھر کو دھو کر صاف کر کے رسوئی گھر میں ڈھنگ سے رکھتی تھی۔ کبھی اپنے سُسرال کے کِسی ممبر یا اپنے میکے والوں سے اس بات کی کوئی شِکایت نہیں کرتی تھی۔ کئی سالوں تک اِس کو راز ہی بنا کر رکھا۔ آخر ایک دِن لل دید کے سُسر نے اچانک دیکھا کہ لل دید کے تھالی نُما برتن میں ایک پتھر کے اوپر پکے چاولوں کے کچھ دانے بکھرے ہوئے ہیں اور غذا کا خالی نام تھا۔ اتنے کم چاول کہ پیٹ بھرنے کی بات ہی نہیں۔ اس پراُس نے اپنی بیوی کو تنبیہ کیا۔ اور اُسکے بعد آگے خود بذات لل دید کے کھانے کی نِگرانی کرتے رہے۔ جِس پر لل دید کی ساس جل بُن جاتی اور غصے سے لال پیلی ہو جاتی۔ اب اُس نے اپنا غصہ ٹھنڈا

کرنے کیلیئے لل دید کو ایک چرخا دیکر کچھ سوٗت کاتنے کیلیئے دِیا۔

بارہ سال تک لل دید نے سوٗت کے ڈھیروں کے ڈھیر کات لئے جو بہت ہی باریک دھاگے کی صورت میں جمع ہو گئے تھے۔ بارہ سال بیتنے پر لل دید کو ساس نے کہا کہ سوٗت کے دھاگے کی دھار موٹی ہے۔ یہ کسی کام کی نہیں۔ جاوٗ اِسے سرو ور (جھیل) میں پھینک ڈالو۔ یہ ٹھیک نہیں ہے۔ لل دید نے اپنی ساس کی بات مانی اور حُکم کی تعمیل میں دیر نہ کرتے ہوئے کاتی ہوئی ساری سوٗت کو جھیل میں غرق آب کیا۔ اور یہی سوٗت جھیل میں پیدا ہوئے ندروٗ اور کنول کے ڈنٹھل میں نمودار ہوئے اور دیکھنے والے اِس باریک ترین دھاگے کی حقیقت سے آشنا ہوئے اور دھنگ رہ گئے۔

یوں تو ایک شادی شُدہ ماترِ شکتی کا بھگوان کے برابر بھروسے والا اُس کا پتی ہوتا ہے۔ لیکن لل شوری کا پتی اپنی ماں کے پاٹھ پٹائی میں پھنس کر کبھی بھی لل دید کو آسرا نہیں دے پاتا تھا۔ برعکس اس کے اُس نے ایک دِن جب لَلّی شوری پن گھٹ پر پانی کا مٹکا بھرنے گئی اور سر پر پانی بھرا مٹکا رکھکر گھر کی طرف آ رہی تھی، اُسکے پتی نے اُسکو ایک پتھر پھینکا جو پانی کے مٹکے کے ساتھ ٹکرا گیا۔ مٹکا تو ٹوٹ گیا لیکن مٹکے کا پانی پھر بھی لل شوری کے سر پرا کھڑا رہا۔ یہ دیکھکر

اُس کا پتی چونک پڑا، حیران ہو گیا۔ اُدھر للّی شوری نے سر پر کے کھڑے پانی کو گھر آنے والے راستے میں ہی ایک اچھی جگہ پر ِگرا دِیا اور یہ آواز دی...... ''ماں یہ پانی اَب سے آگے یہاں کے لوگوں کی پیاس بُجھاتا رہے۔'' کہا جاتا ہے کہ اچانک اُس جگہ پر ایک کھڈ سا بن گیا اور اُس میں سے پانی نکلنا شروع ہو گیا۔ اُس جگہ کو بعد ازاں لل تراگ کے نام سے موسوم کیا گیا۔ جس جگہ اس وقت بھی پانی نکلتا ہے۔

اس واقعہ کے بعد لل دید نے گھر بار سب کچھ تیاگ کر اپنے گورو کی شرن لی۔ آپ کے گورو مہاراج ایک پہنچے وِدوان اور پٹھِت برہمن سِد مولیہِ (سدِ بابوِ) کی ششیا بن کر اپنے مارگ پر چلتی رہی۔ اِکھتر ۷۱ سال کے عمر میں وُہ پرَم پرَمیشور میں لےَ ہوگئیں اور پرم استھان تتھا پرَم پد کو پراپت ہو گئیں۔

راقمِ یہ تحریر کرنے سے قطعاً گُریز نہیں کریگا کہ کئی مورخوں نے جان بوجھکر یا انجانے میں کئی غلط دھارنائیں یا غلط فہمیاں پیدا کی ہیں کہ لل دید کا پیٹ (جِسے کشمیری میں للہٖ بھی کہتے ہیں) نیچے کی طرف کھِچا ہونے سے لل دید کہلائی تھیں۔ یا وُہ نِروستر چلتی تھیں۔ یہ سب دَنت کتھائیں بے بُنیاد اور مَن گھڑت ہیں۔ ایسی کہانیوں اور

غلط بیانیوں میں رتی بھر کی صداقت نہیں ہے۔

برہم لین یوگیشوری لل دید کبھی بھی نِروستر (عُریاں) نہیں تھی۔ اور نہ ہی وُہ کبھی دیوانہ وار گھومتی تھیں۔ وُہ ایک یوگ ابھیاسی تھیں، اور کشمیر پینڈتانی کے رِوایتی لباس میں ملبوس رہتی تھیں۔ چونکہ یوگیشوری لل دید نے وُہ پدوی پراپت کی تھی جِسکا حاصل کرنا ایک پیپل یا چنار کے تنے میں سؤئی پار کرنے کے برابر ہے۔ اس طرح ہر طبقہ کے لوگ یوگیشوری لل دید کو اپنانے کی کوشش میں رہکر اصل صورت میں اُسکے اعظیم وجُود کو ذق پہچانے کے درپے رہتے آئے ہیں۔ یوگیشوری لل دید کا نام میکے میں لل تھا اور سُسرال میں پدماوتی۔ ایک ہی علاقہ میں میکا اور سُسرال ہونکی وجہ سے اُسکو اکثر لل کے نام سے ہی پُکارا جاتا تھا۔ لہذا یہ دھارنا بالکل نا معقول اور بے بنیاد ہے کہ لل دید نے کبھی پیٹ کو کھینچ کر نیچے کیا یا وُہ کبھی نروستر تھی۔

پرمان کے طور پر قلمکار یوگیشوری لل ذید کا وُہ واکھ جو اس نے پن گھٹ پر اچانک اپنی پڑوسیوں اور سکھیوں کو شِکوے کے طور سُنایا تھا۔ جب وُہ خوب ہلدی مصالحے لگے برتنوں کو دھونے مانجھنے کیلئے پن گھٹ پر لائی تھیں۔ اور اِن پڑوسیوں نے لل دید سے کہا تیھا

شاید لل نے آج خوب ماس مچھلی پکائی تھی۔ تبھی تو برتنوں پر زیادہ مرچ مصالحہ اور ہلدی کا لیپ لگا ہُوا ہے۔ آج لل کے یہاں بڑا کھانا پکا ہو گا۔ کیوں لل ٹھیک ہے؟ اس پر لل دید نے اپنے مَن کی بات اپنے واکھ میں کہی تھی:

''ہونڈ اُسی تَن یا کوٚنڈ

للہِ نِلہٕ وَٹھ ژَلہِ نہٕ زانٹھہ''

یعنی گھر میں چاہے مانس پکایا ہو یا مچھلی پکائی ہو، لل کو (نِلہٕ وٹھ) پتھر کے بغیر اور کیا حاصل ہونا ہے۔

اُنکے اس واکھ سے ثابت ہوتا ہے کہ لل دید کا نام حقیقت میں لل ہی تھا۔ اس سے بڑھکر کسی اور ثبوت کی مطلق ضرورت نہیں۔ کہا جاتا ہے ایک بار لل دید کے گورو کے من میں لل دید کی پریکھشا کرنے کا سنکلپ پیدا ہوا۔ یہ بھانپ کیر لل دید نے خود بذات وِتستا کے گھاٹ پر جا کر گورو کے سندیہہ کو دور کرنے کی خاطر یہ واکھ سُنایا:

واکھ (1):

''گورن دوٚتم کُنےٗ وَژُن

نیبرِ دوپنَم اَنٛدرَ اَژُن

سُے مےٚ للہٕ گوم واکھ تہٕ وَژُن

أندرے ژھوٚنڈُم ترٛووُم نژُن''

میرا اُردو ترجمہ:

میرے ستگورو نے مجھ سے مخاطب ہو کر اِک وَچن بولا

نہیں باہر مِلے گا کُچھ، اندر مَن میں تو ڈھونڈ لینا

اُسی پر تھام لِیا خود کو، اُسی پر عمل کیا میں نے

کیا ابھیاس سِدھ یوگ کا، تبھی میں یوگ شیل نکلی

☆

واکھ (2):

اومکار ییٚلہِ لیہِ اوٗنم

دٕہی کوٚرُم پٔنُن پان

شےٚ وَتھ ترٛأوِتھ سَتھ مارگ روٗٹُم

تیٚلہِ لل بہٕ وأژس پرٛکاشستھان

میری نظر میں:

اَنگاروں میں جھلنسکر اوم کو میں ڈھونڈ پائی

چھہَ چکر پھاند نکلی، ساتویں منزل پہ میں پہنچی

اُس پر قدم جمایا، ساکار بوُد کھویا
جِس پر بنی میں اومکار، لافانی روشنی وُہ

☆

اس واکھ میں بڑہم لین یوگیشوری لل دید نے چِت کو یا من کو قابو کرنے کیلیئے کیا بولا ہے وُہ انمول ہے:

واکھ (3):

پرُن پوُلُم اَپرے پوٚرُم
کیسر وَنہٕ وولُم رٕٹِتھ شال
پَرس پوٚرنم تہٕ پانَس پوُلُم
اَدٕ گوم مولوُم تہٕ زٕتنم ہال

میری نظر میں:

پڑھکر سمجھ جو پائی، اُس پر عمل جمائی
محو غور رہا وُہ جو کچھ میں پڑھ نہ پائی
شیرِ ببَر جنگل کا، گیدڑ بنا کے میں نے
قابو میں چِت کو کرکے، آخر میں جیت پائی

☆

اس واکھ میں یوگنی للّی شوری نے اپار پرم برہم پَرم شِو اومکار کی اپار مہانتا کو کیسے پرکٹ کیا ہے:

واکھ (4):

اَکُے اومکار یُس نابھِ دَرے
کُمبھی برٗہمانڈَس سُم گرَے
اَکھ سُے منتر ژٕتبس کرَے
تَس ساس منتر کیٖاہ کرے

میری نظر میں:

ہَزار منتر کو کیا کرنا ہے، جپ لو اومکار ہی اومکار
وہی آکار وہی ساکار، وہی ہر دیو وہی اوتار
وہی تُو ہے وہی میں ہُوں، اُسی سے سانس چلتی ہے
وہی کن کن میں ہے موجوٗد، وہی برہمانڈ سارا ہے

☆

جہاں برم لین یوگیشوری لل دید پرم شِو کی پوٗرن پجُارن تھیں اور شِو شکتی میں تن من سے لین تھیں۔ وہی وہ ہر شے میں اپنے بھگوان شِو کو پوٗرن پرکرتی کے ساتھ ویاپک دیکھتی ہیں۔ اس واکھ سے پریرنا ملتی ہے:

واکھ (5):

گگن ژٕے بھوٗ تل ژٕے

ژٕے دٕہن، پَوَن تہٕ راتھ

اَرگ ژَنٛدُن پوش پونٛ ژٕے

ژٕے اَے سورُے تہٕ لأگی زِ کیٛاتھ

میری نظر میں:

آکاش دھرتی دِن رات تُم ہو

جل اور وایو تُم ہی تُم ہی ہو

چڑھاوے کے پھل پھول چندن تُم ہی ہو

غرض میرے ایشور سب کچھ تُم ہی ہو

بتا دے میں تمکو کروں پوٗج کِس سے

☆

اس واکھ میں برہم لین یوگیشوری لل دید کیا زرین پیغام دیتی ہیں:

واکھ (6):

رَنگن مَنٛز چھُے بیٛوٗن بیٛوٗن لبُن

سورُے ژالکھ بَرکھ سوکھ

ژکھ رٟشی تہٕ وأر گالکھ
اِدٕ ڈینشکھ شِو سُنٛد موکھ

میری نظر میں:

ہَر رَنگ میں جان بِوِ اِیشور، دُکھ سُکھ سمجھ لو یکسان
کر کے ترک غُصہ تُم، نفرت سے باز آوٗ
ہَر اِک سے پیار کر لو، تو حسد کو مِٹاوٗ
ویراگ کی گتی میں، شیو درشن تو پاو

☆

اس واکھ میں یوگیشوری لل دید نے پوٗرن شونیہ کو کِسطرح ورنن کیا ہے۔ وُہ فلسفیانہ انداز اِس واکھ میں یوں جھلکتا ہے:

واکھ (7):

گورس پرٕژھوم ساسہِ لٹے
یَس نہ کیٛنہہ وَنان تس کیاہ ناو
پرٕژھان پرٕژھان تھٔچس تہٕ لوٗسس
کیٛنہہ نَس نِشے کیاہتام دڑاو

میری نظر میں:

ہَزار بار پوُچھی سد گورو سے کہ اُس کا نام واضح کر
کہ جِسکو کچھ نہیں کہتے، مگر ہر سُو ہے جلوہ گر
رہا خاموش میرا سدا گورو، جواب کچھ بھی نہ دے پایا
میں سمجھی پھر حقیقت کو، کہ شونیہ کا نام کیا ہوگا

☆

اس واکھ میں یوگ شیل للّی شوری نے کیا خوب مارگ درشن کیا ہے۔ اس واکھ سے ہم سنساری لوگوں کی آنکھیں کھُلتی ہیں موہ تھا مایا کا پردہ آنکھیوں پر سے اُٹھ جاتا ہے:

واکھ (8):

کُس مَرِ تےَ کسوٗ مارَن
مَرِ کُس تےَ مارَن کس
یُس ہَرِ ہَرِ ترٛ اُوِتھ گرِ گرِ کرَے
اَدِ سُے مَرِ تے مارَن تس

میری نظر میں:

مرے مارے گا کون کِس کو
مرے گا کون، مارے کون
جو مَن اپشوریہ میں پھنسا کر

کرے نا بندگی ایشور

اُسی کو واقعی مَرنا ہے

وہی تو مارا جائے گا

☆

اسی طرح اس واکھ میں للّی شوٚری نے پریم پربھو کی کیا خوب ورنن کی ہے:

واکھ (9):

پوٚت زوٗنہِ ؤُتھِتھ موٚت بولہِ نوۄم

دَگ للہِ ناۄم دَیہِ ہٕنزِ پرٛیے

لٔلی لٔلی کران لالہِ وُزِ نوۄم

میلِتھ تَس مَن شرٛوژیۄم دِہہ

میری نظر میں:

پرٛبھات جاگی دُعائیں کی

سُنائی اپنے ایشور کو

کیا جھوٗلا اندر من سے

سُنائی لوریاں اُس کو

جسم اور من ہُوا معطر
ملی میں اپنے ساجن کو

☆

اس واکھ میں یوگنی للّی شوٗری نے اپنے گوروُ کے دئے ہوئے منتر کے ذریعے اپنے پد کو پراپت ہونے کی تصویر کشی کی ہے:

واکھ (10):

گوٗر کتھ ہٕز دیَس منٛز باگ رٕٹم
گنگہٕ زلہٕ ناۄم تَن تےَ مَن
سوٗ دِیہہٕ جیۄن مُکتی پٔرٛاۄم
یمہٕ بےَ ژوٗلم تہٕ پوٗلم اَکھ

میری نظر میں:

پلے باندھا رکھا من میں، دیا جو شبد گورو دیو نے
گنگا جل سے کِیا اشنان، اُسی سے نہایا میں نے مَن
مِلا اومکار میرا مجُھ سے، اُسی کو ہو گئی ارپن
ہُوا حاصل وِصال یار، اجل کا ٹوٹ گیا درپن

☆

دیکھیئے اِس یوگنی نے آوا گون کو اس واکھ میں کِس طرح درشایا ہے:

واکھ (11):

أسی أسی تےَ أسی آسو
اَسی دور کُری پَت وَتھ
شِوس سورِ نہٕ زیٛون تہٕ مَرُن
روس سورِ نہٕ اَتہٕ گت

میری نظر میں:

آوا گمن کے چکر میں ہم پھنسیں ہیں، آتے جاتے ہیں
ہم ہی تھے اور ہم ہی ہیں، ہم ہی نے اور آنا ہے
جنم مرن کے بندھن سے چھٹکارا نہیں آسان
مَرا جو جیتے جی جپ کر اوم، پرم شِو میں سمایا وہ

☆

یوگیشوری لل دید نے اس واکھ میں سنساری لوگوں کیلئے ایک سبق آموز پیغام کا اِظہار کیا ہے:

واکھ (12):

تلہٕ چھےٚ زیُس تےَ پٮ۪ٹھ چھُکھ نژان

وَنتہٕ مالہِ مَن کِتھٕ پژان چھےٚ

سوٗرے سۆمبرِتھ ییٚتیٚ چھُکھ موژان

وَنتہٕ مالہِ اَن کِتھٕ روژان چھےٚ

میری نظر میں:

کنواں ہے موت کا نیچے، اوُپر کرتا رقص ہے تو ·

کِسی پل بھی اجل تُم کو، نِگل تو لے ہی جائیگا

حوس گیری کے جھنجٹ میں جمع، جوڑ کر کے رکھتا تو

مگر اِک کوڑی اسمیں سے تمہارے ساتھ نہ جائیگی

اگر تو سوچ لیتا یہ غذا کو بھی ترک کرتا

ارے غافل سچائی جان کہ اِک پل مر تو جاتا ہے

☆

اس واکھ میں یوگنی للّی شۆری نے کِس دھارنا سے پَرم شِو کی مہما کا اور مرضی کا تذکرہ کیا ہے:

واکھ (13):

کینژن دُتھُم اورے آلو

کینژو رٕٹھم نالے وٹھ

کیئڑن مَس چِیتھ اُچھ لجہِ تالو
کیئڑن پُتھ گیہِ ہالو کھبتھ

میری نظر میں:

ایسے بھی کچھ ہیں پربھو کے پیارے
بِنا ہی عبادت وُہ حاصل ہے اُنکو
عشق حقیقی میں جلتے ہیں کچھ لوگ
مِلتے ہیں آخر وُہ بھی پربھو کو
مستی میں کچھ جھومتے حق کی خاطر
مگر وُہ تو اکثر سرِ راہ پڑے ہیں
ہیں دِن رات کچھ عبادت میں مصروف
مگر اُنکو حاصل کچھ بھی نہیں ہے
غرض جِن کو حاصل کرم ہے پربھو کا
وُہ شمع جل کر کبھی بجھتے نہیں ہیں

☆

اس واکھ میں یوگنی للّی شوَری نے ایک منُش کو بھو ساگر پار کرنے کیلئے پُنیہ کرموں کا نبھانا سِکھایا ہے۔ واکھ اس طرح سے کہا ہے:

واکھ (14):

آیَس وَتے گَیس نہٕ وَتے
سُمنہٕ سوتھے لُوسُم دوہ
وُچھُم چَنٛدس ہار نہٕ اَتے
اَتھ ناوِ تارس دِمہٕ کیاہ بو

میری نظر میں:

میں جنمی اِس دُنیا میں، تھا ایک راستہ جہاں سے آئی
گئی جب مُڑ کے واپس میں، وِشال ساگر نظر آیا
مجھے وُہ پار کرنا ہے، ملاح کو دینی ہے اُجرت
ٹٹولا جیب میں نے جب، تو اِک کوڑی نہیں نکلی

☆

اس واکھ میں بھی اچھے آدرش کا مارگ دَرشن کیا گیا ہے جو ایک منُش کو اپنا جنم سپھل بنانے اور آنند سے بھری زندگی جینے سے متلق اِشارہ کرتا ہے:

واکھ (15):

آیَس تہٕ سیٚوٗ دُے گژھِ تہٕ سیٚوٗ دُے
سیٚدِس ہٕوٗل مےٚ کرہم کیاہ

بۂ أۂسس تَس آگرے ویوٗڑے
وٕڈِس تۂ ویٚنڈِس کرٕم کیٚاہ

میری نظر میں:

میرا راستہ سیدھا تھا، جب میں یہاں پر آئی تھی
جانا ہوگا جہاں واپس میں اُسی راستے سے جاؤں گی
کوئی بے ہُودہ مِل جائے، میرا کیا وُہ بِگاڑے گا
سدا شِو مَن کے اَندر ہے، تبھی میں اُس سے وابستہ
اَبد سے جلوہ گر ساتھی، وُہ مُجھ سے کیا چھُپائے گا

☆

اِس واکھ میں یوگنی للّی شوٚری نے اِس بات کا نُمایاں طور ورنن کیا ہے کہ ابھِمان اور اَہنکار سَد مارگ میں رُکاوٹ پیدا کرتے ہیں۔ اس لئے منُش کو اِن سے باز رہنا چاہئے:

واکھ (16)

شیٖل تےٚ مان چھُے پوٚن کرنٛجے
مَن چھُ تیٚمی روٹ یوٚد واو
ہوٚست یُس مَس والہِ گنٛڈے
تی یَس تگی تےٚ سُہ اَدِ نِہال

میری نظر میں:

تُجھے وِشواس خودی میں گر
خودی قُربان کر لینا
ذرہ خود کو سمجھ کر تو
وِصال یار حاصل کر
رِیاضت سے من قابو کرو
بڑا چنچل یہ ہاتھی ہے
یہ شہرت دھن دولت مال
سمجھ لو جھوٹا ساتھی ہے

☆

اس واکھ میں یوگنی للّی شوری نے خود شناسی کو بخوبی واضح کیا ہے۔ آپ فرماتی ہیں:

واکھ (17):

اُسہِ، پوٗنڈِ، زوسہِ، ژاسہِ
ننتھ شرٛان کرِی ترتھن
وہرِ وٗریس ننگے آسی
نِستہٕ چھِے تہٕ پزٕ ناوتن

میری نظر میں:

پلکیں جھپیں کبھی اور چھینکیں کبھی وُہ
کھانسیں کبھی، کبھی انگڑائی لے
ہر صُبح نہائے تیرتھوں پر
تمام سال ننگا، نہَ ہے کوئی پَردہ
تیرے پاس ہی ہے پہچان لے

☆

اَنڈ

# شردھانجالی

اُس ماترِ شکھتی ویکنٹھ واسی شریمتی شُونیہ کُجی دیوی قلمکار کی ماں جو 1959ء تک زِندہ جاوید رہکر میرے پالن پوشن اور تعلیم و تربیت میں مددگار رہی ہے اور مارچ 1959ء میں ویکنٹھ پدھاری۔

جسکے زبانی راقم نے یوگیشوری لل دید کے بارے میں بہت حد تک جانکاری حاصل کی [illegible]۔ جسکے آدھار پر راقم نے یوگیشوری لل دید پر کچھ قلیل اقتسابات تحریر کرنے کی جسارت کی ہے۔ پرم پِتا پرماتما اُس پونیہ آتما [illegible] (میری ماں) کو صدا ویکنٹھ میں پناہ دیکر رکھے۔ اوم شم۔

ٹی۔ این۔ گنجو وِشواس

☆☆☆

